شور۔ محشر۔ ہوٗل ہلئے۔

**حشر اُٹھانا۔** ہوٗل ہلئے تُلنی، شور تُلُن۔ سخ کرٛکہٕ ناد لاگُن۔ محشر تُلُن۔

**حشر آشکار ہونا۔** قیامتھ سپدٕنی۔ قیامتھ گژھنی۔

**حشر برپا کرنا۔** کرٛکہٕ ناد تُلُن۔ شور تُلُن۔ قیامتھ تُلنی۔ محشر تُلُن۔ ہوٗل ہلئے تُلنی۔

**حشر توڑنا۔** قیامتھ کرٕنی، سخ ناراض گژھُن، وولُن۔ شور لاگُن یا تُلُن۔

**حشر ڈھانا۔** قیامتھ کرٕنی۔

**حشر کے وعدے پر اُدھار دینا۔** تیٚتھ دوٚہ زُم دِیُن ییٚمہٕ کہٕ نکھہٕ و سینچ بژا نیٚتھے آسہٕ نہٕ۔

**حشر مچانا۔** شور لاگُن، کرٛکہٕ ناد لاگُن، فرٕیاد کرُن۔

**حشر میں اُٹھنا۔** قیامژ دوٚہ ہہٕ سارٕنے موٗردن ہُند زِنٛدٕ سپدٕنھ ووتھُن۔

**حشر ہونا۔** ۱۔ ہوٗل ہلئے ووتھنی۔ قیامتھ سپدٕنی۔ محشر ووتھُن۔ کرٛکہٕ ناد ووتھُن۔ ۲۔ پھل، اثر، ثر، نتیجہ نیرُن۔

**حشرات۔** [ت۔ حشرات۔ ع۔ مذکر]۔ "حشرۃ" لفظُک جمع۔ ۱۔ کیٖمی کرٛہل یم میٚژِ منٛز چھہٕ روزان۔ و ہراژ کیٖمی۔ اکھ مٲنیس منٛز چھنہٕ زھوٗرُے ورتاوان — بلکہٕ حشرات الارض۔ ۲۔ کرٛکہٕ ناد۔ شور۔ ہنگامہٕ۔ ہوٗل ہلئے۔ ۳۔ مُصیبتھ (تُلُن)۔

**حشرات الارض۔** (ع۔ مذکر)۔ کیٖمی کرٛہل، و ہراژ کیٖمی بیتر۔

**حشری۔** [ت۔ حش ری۔ ف۔ مؤنث]۔ (چوٗنک سوار کنھ) کھرٕ کل۔ ژٕنگرٕل۔ تنٛبلہٕ تُلُن وول (اگر)۔

**حشری باغی۔** تم سرکش یا باغی یم بیٚین مان ماتی لگاوتس منٛز شامل سپدن۔

**حشفہ۔** [ت۔ حش فہ۔ ف۔ ع: حشفۃ۔ مذکر]۔ آلئے تناسلُک کلہٕ۔ یتھ پأٹھۍ چھ "سرِ حشفہ" وَنان۔

**حشم۔** [ت۔ حشم۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ کانٛسہٕ اکِس سٕندۍ تم اَنگ اشناو، حق ہمسایہ بیتر یم اکھ اکۍ سٕنز باپتھ پان مارن۔ ۲۔ نوکر چاکر۔ خدمتھ گار۔ سپاہ بیتر۔

**حشمت۔** [ت۔ حش مت۔ ع۔ مؤنث]۔ ۱۔ بجر۔ ٹھزر۔ حشمتھ۔ مرتبہ۔ دبدبہ۔ شان۔ ۲۔ نوکر چاکر۔ نوکر ووکر۔ خدمتھ گار۔ ۳۔ لشکر۔ سٕنٛز سلمانہٕ۔ فوج۔

**حشو۔** [ت۔ حشو۔ ع۔ مذکر]۔ فضول تہٕ بے ہوٗدٕ کلامہٕ۔ کلامس منٛز ہریمانہٕ لفظ۔

**حِصار۔** [ت۔ حصار۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ قلاے۔ چار دیوارۍ۔ اَندۍ اَندۍ ژٕز دوس یا دیوار۔ ۲۔ قلعہٕ۔

**حِصار باندھنا۔** گیر کرُن۔ اَندۍ اَندۍ گیر تراوُن۔ اَندۍ اَندۍ دیوار یا دوس دِنۍ۔

**حِصص۔** [ت۔ حِصص۔ ع۔ مذکر]۔ "حِصہ"

لفظک جمع ـ باگ، حِصہٕ ـ

**حصن** ـ [ت ـ حِصن ـ ع ـ مذکر] ۱ ـ قلعہٕ، چھپن جاے ـ
۲ ـ ہتھیار ـ سلح سامانہٕ ـ

**حصن حصین** ـ ۱ ـ ڈور قلعہٕ ـ ۲ ـ (مونث) اکہٕ مشہور کتابہٕ ہند ناو ـ

**حصول** ـ [ت ـ حُصُول ـ ع ـ حصل ـ مذکر] ۱ ـ حاصل (کرُن، سپدُن) ـ بہم (کرُن، سپدُن)
۲ ـ لاب ـ فایدہٕ ـ

**حِصّہ** ـ [ت ـ حِص صَہ ـ ف جمع ع : حصة، حِصص ـ مذکر] ـ ۱ ـ حِصہٕ ـ بوگ ۲ ـ [illegible] حِصہٕ، باب، جُز ـ ۳ ـ درجہٕ ـ کُٹھ ـ ۴ ـ [illegible] شوبہٕ ـ محکمہٕ ـ صیغہٕ ـ ۵ ـ شرپنہٕ بیترِ منٛتر حِصہٕ ـ

**حصہ بانٹ کرنا** ـ (کانٛہہ چیز) پانہٕ وٲنۍ [illegible] برابر باگرُن، تقسیم کرُن ـ

**حِصّہ بانٹنا** ـ حِصہٕ بٹاے کرٕنۍ، تقسیم کرُن ـ باگرُن ـ

**حِصہ بخرہ** ـ ۱ ـ حِصہٕ ـ کٲنٛسہٕ چیزُک حِصہٕ ـ ۲ ـ سمکھُن کرُن ـ میل ملاپ ـ ۳ ـ اور پور کٲنٛسہٕ چیز منٛز ہِنٛز ـ م : سنی میُل کٲژ شیل ـ

**حصہ دار** ـ حِصہٕ دار ـ شریکھ ـ یُس حِصہٕ وانٛہ یا آسہٕ ـ

**حِصہ داری** ـ (مونث) ـ شرکوت ـ حِصہٕ رسہٕ ـ
م : جب سے انہوں نے ہم پر جھوٹا مقدمہ قائم کیا ہمارے اُن کے حِصہ داری ختم ہوگئی ـ

**حِصّہ رسد ـ حِصہ رسدی** ـ یہ یا یوت حِصہٕ پانٛٹھی وانٛہ یا پھلہٕ یہٕ کینٛژھا ورِزٕ بلگے گژھہ یِیہٕ ـ حِصہٕ موجوب ـ حِصہٕ رسہٕ ـ

**حِصّہ کر دینا** ـ (کُنیٛک) حِصہٕ یا بوگ بناوُن، جُز بناوُن ـ م :

ناز ہو یا دلبری افسوں ہو یا جادوگری
سب کو قدرت نے تری چتوں کا حِصّہ کردیا
(جلیل)

**حِصّہ لگانا** ـ ۱ ـ باگرُن تقسیم کرُن ـ حِصہٕ بٹاے کرٕنۍ ـ ۲ ـ بیٛیوٛن حِصہٕ کڈُن (کانٛسہٕ بُنٛد) ـ

**حِصہ لینا** ـ ۱ ـ حِصہٕ موجوب پنُن بوگ ہیوٛن، یہ کھسہٕ نہٕ (کانٛسہٕ) ہیوٛن ـ ۲ ـ شرکھ کرُن ـ

**حصے کرنا** ـ باگرُن ـ بیٛیوٛن بیٛیوٛن حِصہٕ کڈٕنۍ ـ تقسیم کرُن ـ
شریکھ سپدُن ـ [illegible]

**حِصے میں آنا** ـ حِصس منٛز [illegible] تقسیم پتہٕ حِصہٕ کھسُن یایُن ـ

**حصیر** ـ [ت ـ حَصِیر ـ ع ـ مذکر] ـ وگو، پتیج ـ ٹاٹھ بیترِ ـ

**حضر** ـ [ت ـ حَضَر ـ ع ـ مذکر] ـ اکہٕ سے جایہٕ قرار کرُن ـ اکہٕ سے جایہٕ ٹھہرُن ـ

**حضرت** ـ [ت ـ حَض رَت ـ ف ـ ع : حضرة ـ مونث] ـ ۱ ـ نزدیکی ـ نکھہٕ آسُن ـ حاضر آسُن ـ برونٛٹھ کنہٕ آسُن ـ ۲ ـ جناب ـ حضر ـ حضور ـ یہ چھہٕ

ٹاٹھیمہ کِنی ناوُن ہُتھ لیکھان ۔ ۳۔ آنجناب ۔
خود ایہ سندِس ٹاٹھِس رسولِس ننہِ چھِ ونان ۔
۴۔ اکھا ۔ حضرتھا یا حضرتھ ۔ یُس نہٕ سیٹھا پو
پدپو آسہِ ۔ کوپھیچل ۔

**حضرت پسند** ۔ سُہ چیز یُس پادشاہن پسند آسہِ ۔

**حضرت سلامت** ۔ جناب ۔ عالی جناب ۔ جنابو ۔
یارِ ۔ ٹاٹھو ۔ حضرت ۔

**حضور** ۔ [ت ۔ حضور ۔ ع : حضر ۔ مذکر] ۔ ۱۔ حاضری ۔
حاضر آسن ۔ موجود آسن ۔ حاضر باشی ۔
۲۔ جناب ۔ حضرت ۔ حض ۔ جنابِ عالی ۔
حضور ۔ ۳۔ دربار ۔ اجلاس (عدالتک بیتھ) ۔
۴۔ بروٛنٹھ کنہِ ۔ نخی ۔

**حضورِ اقدس** ۔ ۱۔ بروٛنٹھ کنہِ ، نخی ، روبرو ۔
۲۔ جناب والا ۔ جنابِ عالی ۔ حضور والا ۔

**حضور والا** ۔ وچھو "حضورِ اقدس" ۔

**حضوری** ۔ (ف ۔ مؤنث) ۔ ۱۔ نزدیکی ، قربت ۔
۲۔ شاہی دربار یا اجلاس ۔

۔ نوکر کتھ :

**حضور کا نوکر ہوں بینگن کا نوکر نہیں** ۔
یہ چھِ تمہِ وِز ونان ییلہِ کانہہ اکھ سنز
پرتھ کتھ آنی آنی کرِ ۔

**حظ** ۔ [ت ۔ حظ ۔ ع ۔ مذکر] ۔ ۱۔ ڈیکہ لون ۔
بوگ ۔ بخت ۔ لاٹی بجر ۔ بختاوری ۔ ۲۔ لطف
مزِ ۔ عاش ۔ خوشی ۔ ویوُر ۔ ساد ۔ حظ ۔

**حظ اُٹھانا** ۔ عاش کرنی ، لُطف تُلُن ، عاش
ژٹنی ۔ ویوُر تُلُن ۔ حظ تُلُن ۔

**حظِ نفس** ۔ رٛوحانی مسرت ، خوشی ۔ منک
رٔنز ونہِ بین ۔

**حف** ۔ [ت ۔ حف ۔ ع] ۔ کُنہِ چیزک بیکار
گرٛدھن ، کُنہِ لایقی نہِ روزُن ۔ (زٔمینک)
گاسہِ ہوکھن ۔

**حف دیدوں** ۔ (زنانہ کتھ) خود ایہ کرنی ،
چشمِ بد دوٗر ۔

**حف نظر** چشمہِ بدہِ لنشہ رچھنس یا رچھنے ۔
(یہ چھِ کُنہِ چیزکی تاریف کرنہِ وِز ونان
چشمِ بد گالنہِ موکھہ) ۔

**حفاظت** ۔ [ت ۔ حفاظت ۔ ف ۔ ع : حفاظ ۔ مؤنث] ۔
۱۔ حفاظت ۔ بچاو ۔ راچھ ۔ سلامتی ۔ ۲۔
نگرانی ۔ نظر گذر ۔ راچھ راوٹھ ۔

**حفاظتِ خود اختیاری** ۔ راچھ یوسہِ پننہِ
بچاوِ باپتھ کرنہِ ییہ ۔ پننہِ پانہِ موکھہ کرنہِ
پننہِ واجبہ حفاظت ۔

**حفظ** ۔ [ت ۔ حفظ ۔ ع ۔ مذکر] ۔ ۱۔ زبانی ۔ زبانی
یاد ۔ ازبر ۔ زیو پیٹھ پیٹھ ۔ ۲۔ حفاظت ۔
راچھ ۔ ۳۔ پاس ۔ لحاظ ۔ ادب ۔

**حفظِ امن** ۔ [ع ۔ مذکر] ۔ امن قایم تھوُن ۔
سُہ انتظام ییمہِ سیتی امن برقرار روزِ ، امنچ
راچھ ، امنچ حفاظت ۔

**حفظان**۔ (مٗذکر)۔ حِفاظتھ۔ راچھ۔

**حفظ پڑھنا**۔ زبٲنی پرُن۔ (کُنہِ پیٹھہٕ) وُچھنے پرُن۔

**حفظِ صحت**۔ صیٚحتُک بچاو یا پلے۔ اُرِزوٗج راچھ۔

**حفظ کرنا**۔ یاد کرُن، ڈرراوُن۔ حِفظ کرُن (قُرآن ہیتھ)۔

**حفظ ماتقدم**۔ برٛونٛہہ پارے۔ برٛونٛہہ راچھ۔ پیش بندی، تمہ انتظام یا تدبیر یم گوڈے کرنہٕ ین۔

**حفظ مراتب**۔ زِچھرُک، کٲنسرُک پاس۔ مرتبُک لِحاظ۔

**حفظ نظر**۔ چشمہِ بد دوٗر، خوداۓ چھنس چشمہِ بدٕ نشہ۔ بیرِ چھ تمہِ وِزِ وَنان یلہِ کانٛسہ ہنٛدی تارٕیف کرٕنی ہیمو۔

**حق**۔ [ت۔ حَقّ۔ ع: حَقّ۔ مٗذکر]۔ ا۔ پزر۔ پزِت۔ حق۔ پوٚز۔ ۲۔ خوداے۔ دَے۔ ۳۔ ٹھیکہ۔ واجب۔ بجا۔ دُرُس۔ ۴۔ فرض۔ ذمہٕ داری۔ ذِمہٕ واری۔ ۵۔ داوا۔ حق۔ ۶۔ بدلہٕ۔ ماوضہٕ۔ م: حقِ خدمت۔ حقِ نمک۔ ۷۔ موٚزوٗری۔ ۸۔ تہٕ (بوگ بیترِ) یہ کھانٛدرس تہٕ بڈین دوہن پیٹھہٕ انگن آشنادن دیُن واجب چھُ مانٛنہٕ یوان۔ م: بہن کا حق جو شادی میں دیا جائے۔ ۹۔ حِصہٕ۔ بوگ۔ م:

زاہدو! ساقیٔ کوثر ہی تمہیں دیں گے شراب
دخترِ رز تو فقط بادہ کشوں کا حق ہے

**حق ادا کرنا**۔ ا۔ فرض پوٗر کرُن۔ یہ فرض آسہِ تہٕ نکھہٕ واتُن۔ ۲۔ زیٛتھٕ یا ٹھو کانٛہہ کٲم بیترِ کرٕنی آسہِ یا بنہِ تیٛتھ یا ٹھو انجام دِنی۔

**حق ارجاع نالش**۔ داوا کرنُک حق۔ نالِش کرنُک حق۔

**حق آسایش**۔ (مٗذکر)۔ سُہ حق یمہِ موجوب اکھ شخص پننِس زمینس پیٹھ بِیِہ کانٛہہ ہُرکتھ ہیکہِ کرِتھ یمہِ موجوب تِسندِس ہمسایس پِدا واتہٕ، دَدار واتہٕ۔

**حق آسائش موجہ**۔ [ف۔ مٗذکر]۔ سُہ حق یمہ موجوب کانٛہہ تہٕ شخص پننِس زمینس رلی بیٚیِس پیٹھ کانٛہہ تہٕ کٲم کار بیترِ کرِتھ ہیکہِ۔ مواجہتھ۔

**حق آشنا۔ حق پرست**۔ [ف۔ مٗذکر]۔ پزرٕ یور۔ راست گو۔ خوداے دوس۔

**حق التحصیل**۔ پنٛچ وٛوتُر۔ سُہ ماوضہٕ یُس لمبردارس مٲلیہٕ بیترِ سومبرنہٕ تہٕ ادا کرنہٕ باپتھ دِنہٕ چھُ یوان۔

**حق السعی**۔ [ع۔ مٗذکر]۔ میٚہنتانہٕ، موٚزدٗری۔ گرتھ یہ کینٛہہ ھا (پونٛسہٕ بیترِ) واتہٕ، موٚزوٗری، اُجرتھ۔ اَتھ جایہ چھِ "حق المحنت" تہٕ وَنان۔

**حق العباد۔ حق الناس**۔ بندن ہند حق۔

لوکن ہنٛد حق۔

**حق اللہ۔** [ع۔ مذکر]۔ خوداین سنٛد حق یس بندن پیٹھ چھُ۔

**حق النظر۔** سُہ بَنہٕ سیٹھن، ژوٹ بیترِ یُس کھینہٕ یا بَنہٕ شیر نہٕ بڑوٗنہہ اَلگ کُن تلُتھ تھوان چھِ تہٕ کانٛسہ خاطرانہٕ پاٹھی دِوان چھِ۔ مُم : ہوٗنی میٹھ۔ اَتھ جاین چھِ "حق الناظرین" نہٕ وَنان۔ لکھنوس منٛز چھِ اَتھ جاین "نظر گذرکا" وَنان"۔

**حقُ الیقین۔** یقینُک انتہا۔ یٔنتہٕ یقینن حدس واتہٕ۔ خوداین سنٛز پاکھ ذاتھ دِلچو چشمو وچھنٕ۔

**حقِ امام۔** امامہٕ سنٛد حق۔ حقِ امام۔

**حق بات۔** صحی تہٕ پزکتھ۔ دُرس کتھ۔ حق تہٕ پوٗز۔

**حق بجالانا۔** کام ٹھیکھ پاٹھی، ریتہٕ پاٹھی شوٗبہٕ یا پزٕ اَند واتناوٕنی۔

**حق بجانب۔** حق بجانب۔ پزرس پیٹھ۔ مُناسب۔ یہٕ شوٗبہٕ یا پزٕ تہٕ۔

**حق بطرف۔** وُچھو "حق بجانب"۔

**حق بولنا۔** پوٗز وَنُن، حق وَنُن۔

**حق پرست۔** پزٕ بور۔ خوداپرس۔

**حق پرستی۔** (مؤنث)۔ پزر، اِنصاف، حق پرستی۔

**حق پر لڑنا۔** پزٕ باپتھ یا پزرس پیٹھ لڑُن، پنُن حق حاصل کرنہٕ باپتھ لڑُن۔

**حق پذیر۔** پزکتھ مانَن وول۔ پزرس برونٛہہ کَنہٕ کلہٕ نومرن وول۔

**حق پوش۔** حق کھٹُن وول۔ پزر کھٹِتھ تھَوَن وول۔ اَپزٕ بور۔

**حق پہنچنا۔** حق آسُن، کینٛژھا کھسہٕ وُن آسُن۔ (کُنہٕ جاداد بیترِ منٛز)۔

**حق تعالےٰ۔** [ع۔ مذکر]۔ خوداتالا۔ دَے۔ بوٚڈ خوداے۔

**حق تلف کرنا۔** کانٛسہٕ ہنٛد حق کھیٚیوٚن۔ بیٚیس سنٛد حِصہ دَباوُن، تَل رٹُن۔

**حق تلفی۔** (مؤنث)۔ حق کھیٚیوٚن۔ یہٕ کینٛژھا کھسان آسہٕ، حِصہ یوان آسہٕ تہٕ نہٕ تَس دیُن۔ تتھ بٕرکھ والُن۔ بے اِنصافی۔

**حق تول کے حرارے۔** (زنانہٕ کتھ) فاقہٕ، سکہٕ۔

**حق تو یوں ہے۔** پوٗز گوٚو یہ، پوٗز چھُ یہ۔ پوٗزے بوزو۔ حق چھُ یہ۔

**حق تھو۔** آخ تھو۔ تھوکھ ہٹہٕ پیٹھٕ کھارُنچ آواز۔

**حق ثابت کرنا۔** یہٕ داوا کورمُت آسہٕ تتھ نوٗبُتھ تہٕ دیُن، نوٗبُتھ پیش کرِتھ پنُن داوا پزراوُن۔

**حقِ جار۔** ہمسایہٕ سنٛد حق۔

**حق چھوڑنا۔** پنُن حق یا حقیقتھ ترٛاوٕنی، حِصہ ترٛاوُن۔

**حق حق کرنا۔** ۱۔ خودا یہِ خودا یہ کرُن۔ دَے سرُن۔ توبہ کرُن۔ ۲۔ اِنصاف کرُن۔ یہ پزٕ تہٕ کرُن یا سرُن۔ ۳۔ سُخ بوچھ لگنی۔ بوچھ گنڈ وسنہٕ۔

**حق حیران رہنا۔** ہکہٕ نہٕ ہکِو گرٕژھن۔ جلسہٕ وبسرُن۔ ہَے بُتھ گرٕژھن، حواس باختہٕ گرٕژھن، مغز ڈلُن۔

**حق حین حیات۔** سارِ وٲنسہٕ ہنٛز حق۔ وُمر وُمرٲنگ حق۔

**حق وار۔** حقدار۔ یُس حق آسہٕ۔ (کُنہِ یا کانٛسہٕ پیٹھ) حق تھوَن وول۔

**حقدار اُمیدوار۔** یُس کُنہِ جاداد، وراثتہٕ منٛز حصہٕ کھسہٕ یا وانان آسہٕ۔ یتھِ موردن ناو ہیتھ فاتحہ پرَان چھ ثواب باپتھ چھ واتہِ نش رُشند ناوتہٕ ہیوان۔ م:

کہ حقدار اُمیدوار کو بھی ثواب پہنچے۔ یا

بُھلا نہ دیجیو حقدار اُمیدواروں کو
پڑھو جو فاتحہ ہم کو بھی یاد کر لینا

(شاد)

م: حق دارن وۄمیدارن واتِن اَمِیُک ثواب۔

**حق دبانا۔** کانٛسہٕ ہنٛد حق کھیٛنُن۔ کانٛسہٕ ہنٛد حق نہٕ ہورُن، تُل دیُن۔ حق تلفی کرٕنۍ۔

**حق دق رہ جانا۔** ہکہٕ نہٕ ہکِو گرٕژھن۔ جلسہٕ وبسرُن۔ حواس باختہٕ سپدُن۔ "ہک دک رہ جانا" تہِ چھ وَنان۔

**حق دوستی ادا کرنا۔** یارٕ ہُنٛد حق نکھ والُن۔ دوستی ہنٛد حق ادا کرُن۔

**حق رسی۔** [مؤنث]۔ اِنصاف۔ عدل۔ دادُس واتُن۔

**حق رہنا۔** حق روزُن۔ (کانٛسہٕ ہنٛد کانٛسہٕ پیٹھ)۔

**حق سادات۔** (مذکر)۔ سیدن (ساداتن) ہنٛد حق۔

**حق سرکار۔** لگان، خراج، مالیہ، بیترِ۔

**حق سرہ۔** [ع۔ مؤنث]۔ قُمری سٕنٛز آواز۔

**حق سے پھرنا۔** ڈلُن۔ سٕتی وتہٕ پیٹھ نہٕ روزُن، حقس پیٹھ نہٕ روزُن۔

**حق سیر۔** نیکھ خصلتھ۔ نیکھ سیرتھ۔ رِتہٕ سوباوُک۔

**حق سے گذرنا۔** پزرس خلاف کانہہ کتھ کرٕنۍ۔ پزرِ نشہٕ ڈلُن۔ راستی ترٛاونی۔ پوز یا پزر ترٛاوُن۔

**حق شفع / شفعہ۔** (مذکر)۔ حقِ شفعہ۔ نزدیکھ ہمسایہ یا اشناو آسنہٕ کنی کانٛسہٕ ہنٛد زمین جاداد ٹلہ ہینگ حق۔

**حق شناس۔** قدردان۔ پزر یا پوز پرزناوُن وول، اِنصاف پسند۔

**حق شناسی۔** [ف۔ مؤنث]۔ قدر دانی، اِنصاف پسندی، پوز یا پزر پرزناوُن۔

**حق عصوبت۔** [ع۔ مذکر]۔ رشتہٕ ہنگ یا

اُشنادی ہُند حق۔

**حق فراموش کرنا۔** حق تلفی کرٕنۍ۔ کانٛسہٕ ہُند حق دباوُن، تل رٹُن۔

**حق کاٹنا۔** حق کھیوٗن، کانٛسہٕ ہُند حصہٕ تل رٹُن، دباوُن، حق تلفی کرٕنۍ۔

**حق کو پہنچنا۔** پزرس واتُن۔ حقس واتُن، انصاف کرُن۔

**حق کو سونپنا۔** خوداییس حوالہٕ کرُن، دیُس پشرُن۔

**حق کوشش۔** پننہٕ حقہٕ باپتہٕ لڑُن وول، حقہٕ باپتہٕ ... کرن وول۔

**حق گردن ہونا۔** کانٛہہ قرض یا ذمہٕ داری سٔہ آسٕنۍ

**حق گو۔** پزٕ دِیُر۔ پوز وَنن وول۔

**حق لینا۔** وراثتہٕ، اُجرتہٕ یا میحنتانہٕ ہیوٗن، وصول کرُن۔

**حق مارنا۔** حق تلفی کرٕنۍ۔ کانٛسہٕ ہُند حق یا حصہٕ دباوُن۔

**حق مرجح۔** ذوٗرحق۔

**حق مرور۔** (مُذکر)۔ وَتہٕ پکنُک حق۔ عبوٗر، موٗروٗرُک حق۔

**حق میں۔** حقس مَنز۔ خاطرٕ۔

**حق ناحق۔** شحقہٕ۔ خامخاہ۔ بلا۔ ہٹہٕ ہیٹہٕ

**حقوق۔** [ع۔ مُذکر]۔ "حق" لفظُک جمع۔ واریاہ حق۔ فرائض۔ حقوق۔

سُنتھ لوکہٕ کتھ :۔

**حق اللہ پاک ذات اللہ۔** خوداے چھُ برحق تہٕ تمۍ سُنٛز ذاتھ چھےٚ پاکھ۔

**حق حق ہے، ناحق ناحق ہے۔** پوز گو پوزٕے تہٕ اَپُز گو اَپُزٕے۔ پزرس ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ کھٹتھ۔

**حق دار ترسے انگارے برسے۔** ییٚمہٕ سُند حق کھینہٕ والیس چھُ خوداغضبی گرٛدھان۔ یُس کانٛسہٕ ہُند حق کھیٚیہٕ تٔمس چھُ خوداینہٕ سُنٛد غضاب۔ اَتھ باپتھ چھُ "حقدار ترسیں انگارے برسیں" تہٕ وَنان۔

**حق سے راضی خُدا ہے۔** پزرس یا پزرس چھُ خوداتہٕ راضی۔ م: پزرس خوداراضی۔

**حق کا راضی خُدا ہے۔** پزر چھُ خوداییس نِش تہٕ مقبوٗل۔

**حق کر حلال کر ایک دِن میں ہزار کر۔** نیکھ کامہٕ ہیٚش کرُن پزٕ کرُن گژھن۔

**حقا۔** [ت۔ حقٌّ قا۔ ع]۔ ۱۔ خوداییس پتھ۔ خوداینہٕ سُنٛز درٕے۔ پوز چھُ۔ ٹھیکھ چھُ۔ پزٕ باٹھی۔ قسم خوداٗ۔ ۲۔ (مُذکر) خوداٗ، دیَ۔

**حقارت۔** [ت۔ حقارت۔ ف۔ ع: حقارۃ۔ مونث]۔ حقارتھ۔ نفرتھ۔

**حقارت کی نظر سے دیکھنا۔** حقارتچہٕ نظرٕ وُچھُن۔

پنچہ نظرِ دچھن۔ وُسرِ پایہ زانُن۔

**حقانی۔** [ت۔ حق قانی۔ ع] ۔ ا۔ خودایہ سُند۔ حقانی پوز۔ حق۔ یہ حقس ستی منسوب آسُن۔ ۲۔ اکس مشہور کاشرِ شاعر پیرزادہ عزیز اللہ سُند تخلص۔

**حقائق۔** [ت۔ حقا اِق (ئق)۔ ع۔ مؤنث] "حقیقت" لفظک جمع۔ حقیقژ۔ پژر۔

**حقنہ۔** [ت۔ حق نہ۔ ف (ع: حُقنۃ، حقن کہ۔ مذکر]۔ دوٚستوٗری دلیوسہ مادان کھلنہ باپتھ گُرنہ چھیٚ لیوان) جلاب بُتی اکِنہ دو بیچ بُتی بیتر یوسہ پاخانچہ جایہ تھوونہ چھیٚ یوان۔

**حقہ۔** [ت۔ حُق قہ۔ ف (ع: حُقّۃ۔ حق کہ]۔ مذکر]۔ ا۔ ڈبہ۔ لال جواہر تھوونک لوکٹ ڈبہ۔ ۲۔ جُجیر۔ حقہ۔

**حقہ باز۔** ا۔ باز گر، بازیگار۔ مار آری تماشہ ہاوَن وول۔ ۲۔ تماکہ شوقہ۔ یُس زہ جُجیر ترَاوی، یُس نلہ چہ اُس ہیے مُنز آسہ۔

**حُقّہ بازی۔** (مؤنث) فند فریبچہ کتھ۔ م:

یہ حُقّے بازی ہم خوب سمجھتے ہیں۔ اجی ایسے
مدارئیے ہم نے بہت چنگے کئے (فسانۂ آزاد)۔

**حُقّہ بجانا۔** تموک چوٚن۔ سیٹھاہ تموک چوٚن جُجیر بو مبرادِنی۔ تماکس دَم تُلُن۔

**حُقّہ بردار۔** جُجیر تُلن وول، جُجیر ستی تُلن یا پکناوَن وول۔ نَگری۔

**حقّہ بلانا۔** تموک چِنہ وِزِ جُجیر گُر گُر کرُن۔ جُجیر لُمنہ گُر گُر کرُن۔

**حُقّہ بند ہونا۔** ٹُلی چَھس مَل بیتر سمنہ کنہ جُجیر گُر گُر گژھُن۔ ٹُلی چھس تھوٚپ لگُن۔

**حقّہ بولنا۔** جُجیر لمن وِزِ گُر گُر گژھُن۔

**حقّہ بھرنا۔** تموک چِنہ باپتھ چلِمہِ تموک برُن، تیوٗ لنگل بیتر تھوٗن۔

**حُقّہ بھڑکنا۔** تموک چِنہ تروٗ نہٹے چلِم دزِنی (تماکی) چلِم وُڑتھ گژھنی۔

**حقّہ پانی بند کرنا۔** ترٛیش تموک بند کرُن۔ (وردِگہ پاٹھی) برادری منز گڈتھ ژھُنن۔ پرٛتکھ دیُن۔

**حقّہ پانی پلانا۔** ترٛیش تموک دیُن۔ (وردِگہ پاٹھی) خاطر کرُن۔ پوٚژھہ رٹنۍ وُن۔

**حقّہ تازہ کرنا۔** جُجیر آب بدلاوُن۔

**حقّہ جل جانا۔** تموک چِنہ وِزِ نہ چلِمہِ دہیے دو تھُن۔

**حقّہ کھینچنا۔** تموک چوٚن، جُجیر لمُن۔

**حقیر۔** [ت۔ حقیر (ع: حقر کہ]۔ ا۔ لوکٹ وٚسنتھ۔ ادنا۔ حقیر ۲۔ لیوٚژ۔ کمزور۔ ۳۔ نیوٚنُژ۔ کمینہ۔ یُس با پہ نہ ہار ئیو لو۔

**حقیبت۔** [ت۔ حقی یت (ع: حق کہ۔ مؤنث]۔ ا۔ حقوٗ یتھ۔ حق۔ داوا۔ رلو کیفیت۔ وراثتک جادادُک حق۔ ۲۔ جاداد۔

**حقیقت**۔ [ت۔ حقی قَت۔ ف (ع: حقیقۃ، حق کہ۔ مؤنث]۔ ۱۔ حُقیقتھ۔ اَصلِیتھ۔ مُول۔ ژۄک۔ بُنی یاد۔ ۲۔ حالتھ۔ حال۔ ذٔلیل۔ سۄلچ کتھ۔ پَزٕر۔ ۳۔ مجال۔ ہِمتھ۔ اَوقاتھ۔

**حقیقتاً**۔ **حقیقتہً**۔ پزٕ پاٹھی۔ پزٕ کِنی۔ ژکرٕ۔ مۄلہٕ تلہٕ۔ حُقیقتَس۔

**حقیقت کھُل جانا**۔ ۱۔ پزر نَنُن۔ سِرس فاش گژھُن، سِر نۄن گژھن۔ اَصلِیژ نَنی ژۄک نَنُن۔ ۲۔ (دۄرگہٕ پاٹھی) گَبہس داتُن۔ فِکرِ ترُن۔ م:

اب آپ کو اُن سے سابقہ پڑا ہے چند ہی
روز میں دوستی کی حقیقت کھُل جائے گی۔

**حقیقت لکھنا**۔ تحریر بیترٕ لیکھنچ مَشق کرٕنی۔

**حقیقت معلوم کرنا**۔ ۱۔ ژکرٕ نۄن کڈُن۔ وچھُن زِ پوز کیا چھُ۔ ۲۔ (دۄرگہٕ پاٹھی) ناکارٕ گَین ہُنٛد پھل بوگُن، ثمرٕ تلُن۔

**حقیقت معلوم کرنا**۔ ۱۔ ژکرٕ خبر آسُن۔ پزر مولوم آسُن۔ ۲۔ فکرٕ ترُن۔ کَرٕ مَنٛنیک سُزا تلُن۔

**حقیقت میں**۔ ژکرٕ۔ مۄلہٕ تلہٕ۔ اَصلی۔

**حقیقت نہ ہونا**۔ کانہہ بۄر نہٕ آسُن۔ کُنہٕ گژھنہٕ یا حیالس مَنٛز نہٕ آسُن۔ کِہنی نہٕ آسُن۔

**حقیقی**۔ ۱۔ اَصلی، پوز، یِہ نہٕ بناوٹی آسہٕ۔ ۲۔ سکھ (بوے یا بینہٕ) بٔنُن، خونی رِشتُک۔

(بوے، بینہٕ بیترٕ)۔

**حک**۔ [ت۔ حَک۔ ع۔ مُذکر]۔ زٕلُن۔ ژھُن۔ نہوُن، کُنہٕ چیزس کُنہٕ چیز سیتۍ زٕلُن۔ م:

کاتب دستِ قضا شکلِ عدد کی تیری
صفحۂ ہستی سے جوں حرفِ غلط کر دے حک
(سودا)

**حکاک**۔ [ت۔ حَک کاک۔ ع۔ حکّکہ مُذکر]۔ ۱۔ مَنز۔ نگینہٕ ساز۔ لال جواہر ژٹن وول۔ لالن جواہرن نیپہٕ ناوُن وول۔ حکاک۔ ۲۔ مۄہرکَن، کُنہٕ پیٹھ حرف یا اُچھر کھنَن وول۔ مۄہر بناوُن وول۔

**حکام**۔ [ت۔ حُک کام۔ ع۔ مُذکر]۔ "حاکم" لفظُک جمع۔ واریاہ حاکم یا افسر۔

**حکامِ بالادست**۔ (مُذکر)۔ بٔڈۍ بٔڈۍ حاکم، افسر بیترٕ۔

**حکامِ فوجداری**۔ تِم حاکم بیترٕ یِم فوجداری مُقدمہٕ بوزان یا تِمن کاروائی آسن کران۔

**حکامِ مال**۔ (مُذکر)۔ محکمۂ مالکی حاکم۔

**حکایت**۔ [ت۔ حِکایت۔ ف (ع: حکایۃ۔ مؤنث]۔ کتھ۔ کہانی، داستان، قصہ۔ ذٔلیل۔

**حکایات**۔ [ع۔ مؤنث]۔ "حکایت" لفظُک جمع۔ واریاہ کتھہٕ، کہانی بیترٕ۔

**حکایۃً**۔ کتھہٕ کتھہٕ مَنز۔

**حکایتی ۔** پرنتہ کتھ پیٹھ بحث کرن وول کاکر ۔

**حکایتیں کرنا ۔** بلا حجت کرُن ۔ فضول بحث کرُن ۔

**حکم ۔** [ت ۔ حِکَم ۔ ع ۔ مؤنث] ۔ "حکمت" لفظک جمع ۔ دانائی ، کارِ جار ، علم ۔

**حکم ۔** [ت ۔ حَکَم ۔ ع ۔ مذکر] ۔ دون زنین یا زیادہ ہیندر جھگڑک ژرٹ کرت وِچھنتہ فاصلہ دِنہ وول ۔ فاصلی ۔ ثالث ۔ سرپنچ ، منصف ۔ جج ۔

**حکم ۔** [ت ۔ حُکم ۔ حُکَم ۔ ع] ۔ ۱ ۔ فرمان ۔ حکم ۔ ارشاد ۔ آگنیا ۔ ۲ ۔ فتوا ۔ شرعی حکم یا فاصلہ ۔ فاصلہ (مقدمک ہیندر) ۔ ۳ ۔ خوکومتھ ، سرداری ۔ م : آپ کا حکم بنا رہے ۔ ۴ ۔ اجازتک پروانہ ۔ راہداری ہند پروانہ ۔ ۵ ۔ تاسک یا سے دستک ۔ پوٹھ یس گنڈن وِزِ گوڈ پیسہ تراونہ ۔ ۶ ۔ پیٹھ وولی ۔ جبر ۔ زورداری ۔ ۷ ۔ حکمیہ پتہ ۔ تاسہ کیو ژور و رنگو منز اکھ رنگ (ییتھ سیاہ پانہ وِتھر ہیوہ بناوِتھ چھ آسان) ۔

**حکم اٹھانا ۔** حکم مانُن ۔ حکم بجا انُن ۔ کانسہ ہندُ ون مانُن ۔ کانسہ ہنز تابیاداری کرنی ۔

**حکم امتناعی ۔** ٹھاکھ دِکنہ ماملک فاصلہ سپدنہ برونٹھہ حاکی مہ سند (کنہ کام نش پتھ روزنک ، اَرٹنک یا نخوونک حکم ۔ کانسہ حاکی مہ سند طرفہ کنہ ماملک فاصلہ سپدنہ برونٹھہ سُہ حکم نامہ یس تتھ برونٹھہ کن کانہہ شکل وِنس یا بدلاونس ٹھاکھ کرِ ، پتہ رٹہ ۔ حکم امتناعی ۔

**حکم انداز ۔** [ف ۔ مذکر] ۔ سُہ تیر چلاوَن وول یس نہ تیر نشانہ ڈلہ ۔ زبردس نشانہ باز ۔

**حکم بٹھانا ۔** فرمانبردار بناوُن ، تابیا دار بناوُن ۔ رام کرُن ۔

**حکم بجالانا ۔** کانسہ ہندُ ون مانُن ، حکمس تامیل کرُن ۔

**حکم بردار ۔** کانسہ ہندس ڈلس پیٹھ یکن وول ، فرمانبردار ۔ حکم مانن وول تابیادار ۔

**حکم برداری ۔** مؤنث ۔ فرمانبرداری ، تابیاداری ۔ زانُن مانُن ۔

**حکم بن پتا نہیں ہلتا ۔** دیہ سنز مرضی ورأے چھہنہ پنہ وُٹھرس نہ الہ ڈلہ گژھان ۔ سورے چھ دیہ سنز مرضی سیتی سپدان ۔ م : تہنز مرضی ورأے چھہنہ پنہ وُٹھرس الہ ڈلہ گژھان ۔

**حکم بندھنا ۔** حکم لاگو گژھن ، حکم نافذ سپدُن ۔

**حکم بھیجنا ۔** فرمان سوزُن ۔ سرکاری شبیچھ واتناوُن ۔

**حکم بیٹھنا ۔** خوکومتھ آسنی ۔ باحیثیت آسُن ۔

**حکم توڑنا ۔** نافرمانی کرنی ، حکم نہ مانُن ۔

**حکم ٹلنا ۔** کانسہ ہندُ ون یا دوپ نہ ٹلُن ، حکم نہ (ابرونٹھہ کن) یکُن یا مانہ نین حکمس

نہ تاہیل سپدُن۔

**حکم جاری کرنا** ۔ ۱۔ حکم کڈُن۔ اگنیا۔ ۲۔ پارے کرنۍ، اشتہار دیُن۔

**حکم جاری ہونا** ۔ ۱۔ حکم جاری سپدُن۔ حکم کڈنہ یُن۔ حکم نیرُن۔ ۲۔ پارے کرنہ یا اشتہار دِنہٕ یُن۔

**حکم چلانا** ۔ حکم چلاوُن۔ پیٹھ وولی کرنۍ۔ زور نہ بردستی کرنۍ۔ راج کرُن، حکومت کرنۍ۔

**حکم چلنا** ۔ حکم چلُن۔ حکم چلِوُن آسُن۔

**حکمِ درمیانی** ۔ منزِ حکم۔ حکم یُس آخری فاصلہ بروٚنٹھے دِنہٕ ییہِ۔

**حکم دینا** ۔ ۱۔ فرماوُن، حکم دیُن۔ ۲۔ آگیا دیُن۔ اجازت دیُن۔ ۳۔ فتوا دیُن، شرعی فاصلہ دیُن۔ ۴۔ اشتہار دیُن یا کڈُن۔

**حکم رکھنا** ۔ ۱۔ بختیار آسُن، حکم دِنُس لایق آسُن۔ ۲۔ کانٛہہ چیز کُنہ برابر آسُن۔ م: غضب خدا کا یہاں پنساری کبریت احمر کا حکم رکھتا ہے۔ (فسانۂ آزاد)

**حکم سے باہر نہ ہونا** ۔ حکمس خلاف نہ کام کرنۍ۔

**حکمِ شرع** ۔ شریعتُک حکم۔

**حکمِ ظاہری** ۔ (مذکر) سُہ حکم یُس کُنہ رپوٹس یا کاغذس پیٹھ کنہٕ لیکھنہٕ ییہِ۔

**حکم عدولی** ۔ نافرمانی۔ حکم نہ بوزُن یا مانُن یا تمہ پیٹھ عمل نہ کرنۍ۔ عوٚدُل حکم کرُن۔

**حکمِ قطعی** ۔ (مذکر)۔ سُہ حکم ییتھ نہ کینٛہہ دلیل ہیکہ، اور یور سپدتھ ہیکہ۔ قطعی حکم۔

**حکم کرنا** ۔ حکم دیُن۔ حکم کرُن۔ پیٹھ وولی کرنۍ۔

**حکمِ گشتی** ۔ (مذکر)۔ گشتی حکم۔ حکم یُس پھرناونہٕ ییہِ۔ وونۍ چھُ یتھ پاٹھۍ "گشتی حکم" وَنان۔

**حکم لگانا۔ لگا دینا** ۔ ۱۔ فاصلہ دیُن، کُنہ مامُلس منز پننہٕ آخری رٔتھی) رائے دِنۍ۔ ۲۔ پیشگن گوئی کرنۍ، بروٚنٹھے کُنہ سپدن والہٕ واقعک حال یا تفصیل وَنُن۔ قسمت منز وچھُن۔

**حکم لینا** ۔ اجازت ہیُن۔ آگیا شیکِنۍ۔

**حکمِ مطلق** ۔ (مذکر)۔ ناطق حکم۔ سُہ حکم ییتھ نہ کلہٕ پھرنُس وار آسہِ۔

**حکم میں خلل آنا** ۔ حکومتس منز دیبجر ہیُوہ گژھُن، خرابی سپدنۍ، قونون پیٹھ پابندی نہ روزنۍ۔ م: دو بادشاہ سلطنت باہم کرنہیں سکتے، حکم میں خلل آئے گا۔

**حکم میں رخنہ پڑنا** ۔ حکم نہ چلُن تہٕ گو حکومتس ڈیبجر ہیُوہ گژھُن۔ قونون پیٹھ پوٚر پٲبنٛدی نہ روزنۍ۔ وُچھو "حکم میں خلل آنا"

**حکمِ نادر** ۔ اٹل حکم، ییتھ نہ کلہٕ پھرتھ ہیکو۔ وونۍ چھُ یتھ پاٹھۍ "حکم نادری" وَنان۔

**حکمِ ناطق** ۔ (مذکر)۔ وُچھو "حکم مطلق"۔

**حُکم نامہ** ۔ [ف ۔ مذکر] ۔ حُکمنامہ ۔ (تحریری) فرمان ۔ اجازتنامہ ۔ حجہ سُند تحریری حُکم ۔

**حُکمی** ۔ [ت ۔ حُکٗ می ۔ ف] ۔ ۱۔ پھِرنہٕ ورأے ۔ ستیٖو ۔ آیہ ۔ ۲۔ ہر ہمیشہ ۔ ہمیشہ ۳۔ شرطی ۔ ضروٗری ۔ فرضی ۔ ۴۔ فرمانبردار ۔ داس ، غوٗلام ۔ محکوٗم ۔

**حُکمی دوا** ۔ (مؤنث) ۔ دوائیس وُلی اثر کرُ ۔ زوٗد اثر دوا ۔ مُجرب دوا ۔

:- لُکہٕ کتھ :-

**حُکمِ حاکم مرگِ مفاجات** ۔ حاکمہ سُند حُکم چھُ محکومہ سُندِ باپتھ ناگہانی موتھ ہیُوہ نہٕ گوٚ حاکمہ سُند حُکم چھُ ریتھ زنتھ مانُن پیوان ۔ م ؛ حُکمِ حاکم مرگِ مفاجاتھ ۔

**حُکمران** ۔ [ت ۔ حُکم راں ۔ ف] ۔ حاکم ۔ پادشاہ ۔ حوٗکوٗمتھ کرن وول ۔

**حُکمرانی** ۔ [ف ۔ مؤنث] ۔ حُکمرانی ۔ پادشاہی ۔ راجِت ۔ حوٗکوٗمتھ ۔

**حُکماء** ۔ [ت ۔ حُکٗ ما ۔ ع ۔ مذکر] ۔ "حکیم" لفظُک جمع ۔ وارِیاہ حکیم ۔ گاٹلۍ ۔

**حِکمت** ۔ [ت ۔ حِکٗ مَت ۔ ف < ع ؛ حکمۃ ۔ حکم کہ مؤنث] ۔ ۱۔ عقل ۔ دانائی ۔ گاٹہٕ جار ۔ علم ۔ زان ۔ سائنس ۔ فلسفہ ۔ شناسترُ ۔ ۲۔ تدبیر ۔ چال ۔ پاے ۔ ژھل ۔ وَل ۔ ۳۔ حکیمتھ ، طبابتھ ۔ علاج ۔

**حکمت چلنا** ۔ ۱۔ تدبیر کارگر گژھن ۔ چال پکنۍ ۔ ژھل ستیٖود گژھن ۔ سپدن گژھن ۔ ۲۔ علاج لوٚک گژھن ۔ طبابتھ یا حکیمتھ ستیٖز گژھنۍ ۔

**حکمت سے** ۔ گاٹہٕ جارٕ سان ۔ عقل مندی سان ، ہوشیاری سان ۔ دوٗر اندیشی سان ۔

**حکمت عملی** ۔ [ف ۔ مؤنث] ۔ تدبیر ۔ چال ۔ ژھل ژھدار ۔ جوڑ توڑ ۔ حکمتہٕ عملی ۔

**حکمت کرنا** ۔ ۱۔ حکیمتھ کرنۍ ۔ طبابتھ کرنۍ ۔ ۲۔ دانائی کرنۍ ۔ گاٹہٕ جارس کام ہینۍ

**حکمت مدنی** ۔ [ف ۔ مؤنث] ۔ شہری انتظامُک قونوٗن ۔

**حکمتی** ۔ [حِکٗ مَتی ۔ ف] ۔ ۱۔ فلاسفر ۔ فلسفہ زانن وول ۔ ۲۔ چالاکھ ۔ ژھل ژھدار زانن وول ۔ تژرک ۔ زیرکھ ۔ گاٹُل ۔

:- لُکہٕ کتھ :-

**حکمت سے بکری نوچے دیتی ہے** ۔ یلہ پَنُن کانہہ تدبیر ستیٖود گژھہ ، کارگر گژھہ تمہ وزِ چھ پیر وُنان ۔

**حکومت** ۔ [ت ۔ حکوٗ مَت ۔ ف < ع ؛ حکومۃ ۔ مؤنث] ۔ ۱۔ راجِت ، حوٗکوٗمتھ ۔ حُکمرانی ۔ ہیٚٹھوٗلی ۔ زوراواری ۔ زبردستی ۔ م ؛ زیادہ حکومت سے کام لو ۔ ۲۔ اختیار ۔ زور ۔ طاقتھ ۔ اقتدار ۔

**حکومت جتانا۔** حکومتھ ہاوٕنۍ۔ پیٹھ وُلی ہاوٕنۍ۔
بَل ہاوُن۔ زور بازور اوٲری ہاوٕنۍ۔ طاقتھ
ہاوُن۔ حُکم کڈٕنۍ۔

**حکومت جمہوری۔** (مؤنث)۔ جمہوری حکومتھ۔
لُکن ہنٛدِ پنٕنۍ ژارِ ہتھین نُمایندن ہنٛز
حکومتھ۔ اتھ جایہ چھ "جمہوری حکومت"
یا "عوامی حکومت" تہٕ وَنان۔

**حکومت شخصی۔** اکِس شخصٕکۍ سنٛز حکومتھ،
شخصی راج۔

**حکومت کرنا۔** ۱۔ راج کرُن، حکومتھ چلاوٕنۍ۔
بادشاہی کرٕنۍ۔ ۲۔ کانٛسہ پیٹھ راج کرُن،
کانٛہہ دباوُن، زور اوٲری ہاوٕنۍ۔ سختی کرٕنۍ۔

**حکومتیں چلانا۔** جاے یا ناجایز پاٹھ کانٛہہ
پنٕنۍ کتھ مانٛناوُن، زورٕ جبرٕ انکار کرناوُن۔
حُکم چلاوٕنۍ۔

**حکیم۔** [ت۔ حکیم ﴿ع: حکم کہ۔ مُذکر]۔ ۱۔ دانا۔
گاٹُل۔ زیرٕکھ۔ تیز۔ عقلمند۔ ۲۔ حکیم۔
طبیب۔ طبابتھ یا علاج کرن وول۔

:- لُکہٕ کتھ :-

**حکیم اوروں کی دوا کرے اپنی نہ کرے۔**
طبیب چھ بێین طبابتھ کران امہ پنٕنۍ پانس
چھنہٕ داتان۔ م: ۱۔ پننہٕ وڈ چھنہ
کانٛہہ مُس کاسان۔ ۲۔ پانس پر پر
بێین طبابتھ۔

**حکیم کو قارورہ سے کیا لاج۔** پننس کارس
یا پیشس گژھ نہٕ گال آسنۍ۔ م: کارس
چھنہٕ عاب۔

**حل۔** [ت۔ حَل۔ ع: حلّ۔ مُذکر]۔ ۱۔ مژرُن
(گنڈ بیترِ)۔ حل (کُنہہ سوالُک یا مُشکلُک)
۲۔ زلُن بیلُن۔ گلُن۔

**حل کاری۔** (مؤنث)۔ سون روپہ گالتھ تھ
پوشہ وٕ تھرن ہنٛدی یا بێیہ کُنہہ نقشہ بناوٕنۍ۔
سونہٕ روپہ سیتۍ نقاشی کرٕنۍ۔

**حل کرنا۔** ۱۔ آسان یا سَہل بناوُن۔ کھر
کڈُن۔ ۲۔ بیون بیون کرُن۔ زلاوُن۔
ملہ ناوُن۔ ۳۔ جانٛکہ سوال یا پرژھ کڈٕنۍ۔

**حل وعقد۔** (مُذکر)۔ مژرُن تہٕ گنڈُن۔ کڈُن
تہٕ لاگُن (کانٛہہ)۔

**حلاج۔** [ت۔ حَل لاج۔ ع: حلج کہ۔ مُذکر]۔
دوُن۔ پمب بیترِ دونن وول۔ ندّاف۔

**حلال۔** [ت۔ حلال۔ ع: حل]۔ ۱۔ حلال۔
جایز۔ روا۔ دُرُست، یتھ شرعی بنٛد
راجاز تھ آسہٕ ۲۔ (شرعیکہ موجوب)
مورُت، کھش کرتھ، ذبح کرتھ (کُتھ کھ کرتھ بیترِ)

**حلال خور۔** (مُذکر)۔ حلال خور۔ حلالٕچ کمائے
کھینہٕ وول۔ (ورگہٕ پاٹھی) واتل۔ ڈوُن
وول۔ خاکروب۔ واتلٕ آسی "حلال خوری
یا حلال خورن" وَنان۔ وونۍ چھنہٕ وَنان۔

**حلال زادہ** ۔ (طنزٕ پأٹھۍ) حلالُک ۔ رانٛڑ یا وۄٹ شُر ۔

**حلال کا** ۔ حلالُک شُر ۔ یُس شُر باضابطہٕ (نِکاح پٔرِتھ) نیٚتھر پٮ۪تہٕ زیٚو ۔ حلال توٗخم ۔ حلالُک ۔

**حلال کرکے کھانا** ۔ حلال کٔرِتھ کھیٚیوٚن ۔ میٚہنتھ مَشقت کٔرِتھ کھیٚیوٚن ۔ یٮ۪نہٕ موٗزوٗر برابر کام کرِنی ۔ حلال کھیٚیوٚن ۔

**حلال کرنا** ۔ ۱۔ حلال کرُن ۔ شرٕ پٮ۪تہٕ موٗجوٗب ذبح کرُن ۔ ۲۔ ٲرِتھ ژھٕنُن ۔ مارُن قتل کرُن یِمہ سیٹھاہ چوب دِنی ۔ اَڈٕ مود کرُن ۔ دگُن ۔ سَخ یِدا واتناوُن ۔ زدٕ کوب کرُن ۔ ۴۔ کانٛہہ کام کرنس یا کانٛہہ چیز کھیٚنس چیٚنس اِجازتھ دیُن ۔ کانٛہہ کام کرِنی، کانٛہہ چیز یا کھیٚن بیٚتر شرعن جایز قرار دیُن ۔ ۵۔ داشتہٕ زنانہٕ سیٚتی نِکاح پٔرنی ۔

**حلال کی کمائی** ۔ جایز کمٲے ۔ موٗزوٗری، میٚہنتھ کٔرِتھ یا کام کار کٔرِتھ ژیٚونٕمت پونٛسہٕ ٹوٗنٛک ۔ حلالٕچ کمٲے ۔

**حلال میں حرکت، حرام میں برکت** ۔ یہ چھ وَنان یِیلہٕ زمانے پھٔرِتھ آسہِ ۔ حلالہٕ بدلہٕ آسہِ حرامس برکتھ ۔

**حلال ہونا** ۔ شرٕ پٮ۪تہٕ موٗجوٗب کانٛہہ پوٗش مارنہٕ یُنہ ۔ حلالی کرنہٕ یُن ۔ حلال آسُن ۔

**حلالی** ۔ حلالُک ۔ حلخُلک، یٮ۪نس مٲلۍ سُنار ۔ لۆکہ کتھ:۔

**حلال تھوڑا حرام بہت** ۔ حلالس چھےٚ حرامہٕ کھوتہٕ برکتھ ٲسان تہٕ حرامہٕ کھوتہٕ کوتاہ تہٕ کم ۔ مُ: حلالس چھےٚ برکتھ ۔

**حلاوت** ۔ [ت ۔ حلاوَت ۔ ف <ع : حلاوۃ ۔ حلوہ ۔ مونث] ۔ ۱۔ مودرٕ ، میٹھر ، یٮ۪پہٕ میوٗک مودرٕ ۔ ۲۔ مزٕ ۔ ساد ۔ لذت ۔ ۳۔ راحتھ ۔ سوکھ ۔ آرام ۔

**حلاوت پانا** ۔ مزٕ یُن ، لذتھ یُن (کُنہ) میٹھ ٲگُن ۔

**حلب** ۔ [ت ۔ حلَب ۔ ع ۔ مذکر] ۔ روٗمہٕ کہ اکہ شہرک ناو ۔ اَتھکی آنہٕ چھ مشہوٗر ۔

**حلبی** ۔ حلبُک آنہٕ ۔

**حلجان** ۔ [ت ۔ حلو جان ۔ مونث] ۔ یہ چھ رسم یُتھ پیٹھ نوشس (گوڈٕ نچیہ لٹہٕ) پٔرِژھِن نِشہٕ پانٛسہٕ بینہٕ سومبران چھےٚ تہٕ تمہ پتہٕ پوٗری، مَژہٕ تہٕ سیٚتی زنانہٕ تہٕ سارنی بۆگران چھےٚ ۔ اتھ رسمس چھےٚ زنانہٕ "حلجان" وَنان ۔

**حلف** ۔ [ت ۔ حلف ۔ ع ۔ مذکر] ۔ قسم ۔ دِرٕ ۔ حلف ۔

**حلف اُٹھانا** ۔ قسم کرُن ۔ حلف تُلُن ۔ یٮ۪نہٕ مذہبی کتابہٕ ہُند قسم کھیٚیوٚن ۔ (ورگٕ پأٹھی) قرآن کرُن ۔ گیتا کرِنی ۔

**حلف دینا** ۔ کاتھہ قَسم کرناوُن ۔ حَلف تُلہ ناوُن ۔ قُران کرناوُن ۔ گنگا جَلی تُلنی ۔

**حلف کی رُو سے کہنا** ۔ قَسمس پتھ وَنُن ، قَسم کھیتھ (پوز) وَنُن ۔ حَلفن وَنُن ۔

**حلف لینا** ۔ ۱ ۔ قَسم کرُن ، حَلف تُلُن ۔ ۲ ۔ قَسم کرناوُن ۔ حَلف تُلناوُن ۔ عدالتس مَنز گواہ بینتِر شہادتھ دِنہ برونٹھ قَسم کرناوُن ۔

**حلف نامہ** ۔ (مُذکر) ۔ تحریری بیانِ حَلفی ۔ لیکھتھ بیانِ حَلفی ۔

**حلف ہاتھ پر رکھنا** ۔ قُران (اتھس کیتھ) تُلیتھ قَسم کرناوُن یا کرُن ۔

**حلفیہ کہنا** ۔ حَلفس پیٹھ (پوز پوز) وَنُن ۔ قَسم کریتھ وَنُن یا بیان دیُن ۔

**حلق** ۔ [ت ۔ حَلق ۔ ع ۔ مُذکر ] ۔ ۱ ۔ ہوٹ ۔ گردن ۔

**حلق آنا** ۔ (کوترِ باز کنہِ) کوترس ہٹی دوِد کرُن ۔ اَتھ مَنز چھ کوترس اَکھ پھکہ لَد موٹہ رس پادہ گژھان ۔ امس ہُن ۔

**حلق بجی ہو جائے** ۔ یہ چھ اَکھ وَوہُن ۔ ہوٹ لگِرُس ، بیگری لُس ۔

**حلق بند کرنا** ۔ کاتھہ زُھنہ بہ کرناوُن ۔ کاتھہ زاہ وُٹھہ ناوُن ۔ کانسہِ نہ دِدِ کرنہ دیُن ۔ ہٹی گرِ دم دیُن ۔

**حلق بیٹھ جانا** ۔ ہوٹ لگُن ۔ ہوٹ بیگرُن ، آواز گژھنی ۔

**حلق پر چھری پھیرنا** ۔ ہٹس شرا کھ وایِنہ ، گوجبر کرُن ، ظُلم کرُن ، زبردستی کرنی ۔ یا پیٹھ پیٹھ پٹون ۔

**حلق پکڑنا** ۔ ہوٹ رٹُن ۔ کاتھہ زوُش نہ بدمزِ چیز نہ ہٹہ وسُن ۔

**حلق پھاڑنا** ۔ ہٹہ کرِکہ دِنہ ۔ تھدِ کانسہِ آو بیترِ دیُن ۔

**حلق پٹی** ۔ (زنانہ کنہِ) سہ یوس یہ تھدِ تھدِ کنہِ آسہ کران ، یوس سیٹھو دکنہ نہ کرنہ یکِرہ پاٹھی کران آسہ ۔

**حلق تالو** ۔ (مُذکر) ۔ رگیون والیس ہٹِنہ کنہِ آواز ہٹِنہ کھسہ وس ۔

**حلق تک بھرنا** ۔ ہرس تام کھیون ، بوچھِ وزِ زیادِ کھیون ۔

**حلق خشک ہو جانا** ۔ ہٹیر ہو کھُن ۔ ہوٹ خوشکھ گژھن ۔

**حلق دبانا** ۔ ہوٹ چیرُن ۔ کنہ نہ دِنی کرنہ ۔ ہٹی گنڈ دیُن ۔

**حلق سے اُترنا** ۔ ۱ ۔ ہرِ وسُن ، ہٹہ دبون ، وسُن ۔ ۲ ۔ ہٹہ وسنہ ، شرپنی (کنہ بیترا) ۔

**حلق کا دربان** ۔ ۱ ۔ ہٹنیگ راچھدر نہ گو لیس کھینس چِکنس روٹ آسہ ۔ ۲ ۔ سہ لیس نہ کنہ دِیہ کرنہ ۔ کنہِ کنہِ پیٹھ گژھنہ کرن ول ۔

**حلق کا کوا لٹک آنا** ۔ (زنانہ کتھ) ہیر زوول تام یوری ہن ـــ پیچھے زنانہ تمہ ورٕ ونان ییلہ کانہہ سیٹھا بڑ آلو دتھ (تہ بوزتھ) تہ جواب دیہ نہ ۔

**حلق کٹنا** ۔ وال ہیتر نینگلتھ گژھنہ کنی امٹی دود کرن ۔

**حلق میں اٹکنا** ۔ ہٹہ وسن ، ہٹس منز پھسن ۔ روہ گژھن ، ہیرٕ نہ وسن اکانہہ کھینہ چیز بیتر (ہیرس زاہن اکانہہ کھینہ چیز) ۔

**حلق میں بانس ہونا** ۔ ہیر چیزس متعلق ونان یس زورٕ زورٕ یا چکہ دی یک کتھ کرِ ۔

**حلق میں پانی چوانا** ۔ (مرن وِزِ) ترشہ تراوِنی ۔

**حلق میں پھندا اٹکنا** ۔ گنڈ گژھن تر بشس بیتر چینہ وِزِ) ۔

**حلق میں دم اٹکنا** ۔ (مرن وِزِ) شہن لمہ لمہ آسنی ۔ زوہ سہل سہل نیرن ہیم : زو دیہ لگن ۔

**حلق میں کانٹے پڑنا** ۔ ہیر ہن کھینہ کنی یہ کھینی نہ ہیر بون وسن ۔ ہوٹ خشکہ گژھن ۔ ہٹس کنڈی زیونی ۔ ہٹس کانہہ لگن ۔

**حلق میں نوالہ پھنسنا** ۔ ہیر بون نہ ہیونڈ وسن ۔ گگہ بون نہ کھینی نہ وسن ۔

**حلقوم** ۔ [حل قوم ۔ ع ۔ مذکر] ۔ گگ ۔ ہیر دوول ۔ ہیری گوگل ۔ ہٹر ۔ ہوٹ ۔

**حلقی** ۔ تم حرف یم ہٹہ پیٹھ کھالنہ چھ یوان ۔ مثلن ۔ ح خ ، ع غ ، ہ ، ء بیتر یتھ پاٹھی چھ "حروفِ حلقی" ونان ۔

:- لوکہ کتھ :-

**حلق سے نکلی خلق میں پڑی** ۔ یوہ کتھ زیو دراؤ سو چھنہ کھٹتھ روزان ۔ م :
دون دراو عالمس ژاو ۔ دون کتھ ونہ پیٹھ ۔

**حلقہ** ۔ [ت ۔ حل قہ ۔ ف ۔ ع ؛ خلقۃ ۔ مذکر] ۔
۱ ۔ دایرہ ۔ آر ۔ حلقہ ۔ ۲ ۔ ہگر ۔ ہیہ ۔ پہی ۔
۳ ۔ لوکن ہند ٹولہ ۔ سبھا ۔ مجلس ۴ ۔ برک یا دروازک کوڑ ۔ کوڑ (ہیچو شیشتر بیتر)
۵ ۔ کاج ۔ تنہ ہند وول ۔ ۶ ۔ علاقہ ۔ ضلع ۔ خوکو متعلق حد یا بنہ ۔ ۷ ۔ گیر ۔

**حلقۂ اثر** ۔ (کانسہ شخصیہ سندی) تم یار دوس یمن پیٹھ تمی سند اثر روسوزخ آسہ ، چلنی آسہ ۔

**حلقۂ احباب** ۔ (کانسہ ہندی) یار دوس بیتر ۔

**حلقہ باندھنا** ۔ گیر تراون یا کرن ۔ آر بناون ۔ حلقہ گنڈن ۔

**حلقہ بگوش** ۔ غلام ۔ فرمانبردار ۔ تابیا ۔ (کانسہ ہندس) حکمس پیٹھ پکن وول ۔

**حلقہ بگوشی** ۔ اطاعت ، فرمانبرداری ، تابیا داری ۔

**حلقۂ چشم** ۔ اچھ ہند کھانکھر ، سوہ جلے یتھ منز

اَچھ آسمان چھپنے۔
حلقہ ڈالنا۔ ۱۔ گیبہٕ ترٛاوُن، حِصار گنٛڈُن۔
۲۔ غولام بناوُن۔
حلقۂ زُلف۔ ووٛنگ (مَستَنک ہیتہٕ)۔
حلقۂ زنجیر۔ گنٛڈ، کوٚر (زونجیُر) زنجیُرِ ہُندُ
حلقہ کرنا۔ آرِ کرُن۔ حِصار گنٛڈُن۔ گیبہٕ کرُن۔
حلقہ مارنا۔ آر کرُنی۔
حلکم ڈالنا۔ وُتاوٕلی کرُنی۔ جلدی کرُنی۔ وُترٕ بنیٖل تلُن۔
حِلم۔ [ث۔ حِلم۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ بوردبٲری۔
اہ ہیرگہ ہیر۔ ۲۔ ژیٛر۔ برداشت، ناب تو حمل۔
حلوا۔ [ث۔ حَلوا۔ ع۔ حلوہ۔ مُذکر]۔ ۱۔
حلوٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) اوٚدُر چیز، ترٛ چیز۔
مُلائم چیز۔
حلوا بنانا۔ ۱۔ حلوٕ بناوُن یا تیار کرُن۔ ۲۔
وزور وزور جوب دِنی۔ پاہلہٕ پھٹراونہٕ۔
بڈ کُس کرُن۔ زدِ کوب کرُن۔
حلوا خاتون۔ دارِ ذٕچ، ہیچو یا بلیہ کیچ
بناونہٕ اچھ دار۔
حلوا سمجھنا۔ لوکٹ یا وسٕتھ پایہ زانُن، کمزور
زانُن۔ حلوٕ زانُن۔ لوت زانُن۔ کانٛہہ
کام لوٚت یا سہل زانُنی۔
حلوا سوہن۔ (مُذکر)۔ اکھ قسمچ مِٹھاے
یوسہٕ بڈ پاٹھی وُتَرس بناونچ چھ۔
حلوا کھانا۔ ۱۔ حلوٕ کھیوٚن۔ (زنانہٕ کتھ۔ ورگہٕ پاٹھی)

کانٛسہٕ ہنٛد مرُنک حلوٕ کھیوٚن۔ م: پُن
(پھیرن پکھیرن) جُمعہ چاے چیٚینی۔ کانٛسہٕ
ہنٛد مرُن کانٛچھُن۔
حلوا کھانے کے دِن ہیں۔ زُز بُڈ چھُ۔
مرُنس چھُ ووتمُت۔ قبرِ ہنٛدِس ہٹس
پیٚٹھ چھُ ووتمُت۔ مرنہٕ دا دِچھُ دِوہ ڈیوٹت
حلوان۔ (مُذکر)۔ ۱۔ (دوہ دیچُن) موٚنگرٕ یا
چھر (چھرِ) ۲۔ لوٚہ مارٕ لیس وٕلی وٕلی سیٖنہٕ۔
حلوا نکل جانا۔ کوٚش نیرُن۔ کام کرٕ کرٕ
ژھینہٕ پیوٚن۔ کام کرٕ کرٕ حال بد
گژھُن۔ سوٚس اژُن۔
حلوائے بے دود۔ سوٚدرٕ رہیو، تہٕ کُنہِ
تم چھُ تا پہٕ سِتی تیار گژھان نارِ سیتہٕ
(ورگہٕ پاٹھی) نرم، میٚوٹھ تہٕ مزِدار چیز۔
حلوائے تر۔ ۱۔ سوٚدرٕ تہٕ تازٕ میوے
ژونٹھ، ٹمنگ ہیتہٕ۔ ۲۔ یُس انسان تکلیفہٕ
ورٲے ژالہِ۔ یہ نہٕ کرُڈ ڈاکہِ آسہِ۔
حلوائے مرگ۔ دوکھ بنتہٕ۔ پُنٛز بنتہٕ۔ یُس
کھیٚن ہیتہٕ یُس کانٛسہٕ ہنٛدِس مرُنس پیٚٹھ
کانٛسہٕ ہُند گرٕ کانٛہہ رِشتہٕ دار یا ہمسایہ
ہیتہٕ آنہٕ۔
حلوائے مغزی۔ (ف۔ مُذکر)۔ وار یاہ گوجہٕ
ہیتہٕ ترٛاوتھ اکھ قِسمُک حلوٕ۔ گوٚژ۔
حلوائے مقراضی۔ (ف۔ مُذکر) اکھ قِسمُک حلوٕ

بیٖتھ گوٚژھ بیٚنہِ سیٹھاہ نیٚبکہِ بٹھکہِ کرِتھ
ترٛاوان چھہ۔

**حلوائی۔** (ع ۔ مذکر)۔ حلوٕوٕ۔ مٹھائے شیرینی
بیتَرِ بناوَن وول تہٕ کِنَن وول۔

**حلوے مانڈے سے کام۔** کانٛہہ مُراد تَن
یا بجِنَن پَنُن مطلب گژھہِ نیرُن۔ م:
خوٗجہِ مرِ ٹوٗنکا، خوٗجہ لَسہِ ٹوٗنکا۔

۔! لوٗکہِ کتھہ :۔

**حلوا خوردن را روے باید۔** یَژہ باپتھ
چھےٚ لیاقتھ آسنی ضروٗری تہٕ
ڈیٚشتھ گوٚ بُزتَس لایق گژھہِ بُتھ باپتھ (شوٗبِتھ)
آسُن۔

**حلوا گفتن دہن نساز د شیرین۔** زبانی
جمع خرچ چھُنہٕ کُنہہ وسان۔ کتھو سیتی
یا ژھچنہٕ کام اَندان۔

**حلوائی کی دُکان دادا جی کا فاتحہ۔** یرچھ وَنان
ییلہِ کانٛہہ لوٗکہِ ہنٛدِس مالَس شوٗنیا
ٹوٗنیا کرِتھ بےٚ حساب پاٹھی ورتاوِ۔

**حُلہ۔** [ت۔ حُل لہ۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ جامہٕ۔ پوٗشاکھ۔
لباس۔ قیمتی پوشاکھ۔ ۲۔ جنتی لباس۔
سوٗرگکی جامہٕ۔

**حلیف۔** [ت۔ حَلیف۔ ع۔ مذکر]۔ پانہٕ وٲنی
معاہدٕ کرَن والیو منٛزٕ کانٛہہ اَکھ دوٗریا فریق۔

**حلیم۔** [ت۔ حَلیم۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ بُرد بار۔

یُس زیٚڈ یا ژالُن باپتھ آسہِ۔ یُس تاب
توٚحمُل آسہِ۔ ۲۔ رِکھیشر۔

**حُلیہ۔** [ت۔ حُل یہ۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ جواہر۔
روٗ پیہِ سُندہ سوٗنہٕ سُند زیوٗر۔ ۲۔ رنٛگ۔
ریچھ۔ خولہِ خط۔ حُلیہ۔ سراپا۔

**حُلیہ اُتارنا۔** کاتِبہِ لاگُن۔ کانٛسہِ ہنٛزِ دگرٲے،
ترٛاے، چال ڈال) تلبتھ ننی۔

**حُلیہ بگڑنا۔** دوٗرگتھ گژھنی۔ حالِ بد گژھُن۔
مسخہِ صوٗرتھ گژھنی۔

**حُلیہ بیر تنگ ہونا۔** حالتھ خراب آسنی، اَہنز
آسنی یا گژھنی مسخہِ صوٗرتھ گژھنی۔

**حُلیہ تنگ ہونا۔** بہٕ تنگ یُن، کانٛہہ وتھ نہٕ
روزٕنی۔ عاجز یُن۔

**حُلیہ ٹائیٹ ہونا۔** حالتھ خراب بیدٕنی، آسنی۔

**حُلیہ لکھا جانا۔** کُنہِ بدماشُن ہنٛزٕ جماژ سیتی
گنٛتزرنہٕ یُن، لیکھنہٕ یُن۔ بدماشَن
منٛزٕ ناو درج گژھُن۔

**حُلیہ ہونا۔** خولہِ خط لیکھنہٕ یُن۔ ناو لیکھنہٕ یُن۔

**حماقت۔** [ت۔ حَماقَت۔ ع۔ مؤنث]۔ حَماقتھ۔
نادٲنی۔ بے وقوٗفی۔ چاریٚ گی۔ بڈٕگی۔

**حماقت زدہ۔** بے عقل۔ چوٗر، وُل۔ اَحمق،
نادان۔ ہِڈٕ۔

**حمار۔** [ت۔ حِمار۔ ع۔ مذکر]۔ کھر (خر)۔

**حمّال۔** [ت۔ حَم مال۔ حَمّال۔ ع۔ مذکر ]۔

.یور سارن وول یا ٹُلن وول ۔ مۆزہٕر ۔
حُمال ۔ کوٗژھل ۔

**حمام ع۱** [ت ۔ حَمام ۔ ع : حَم کہ ۔ مُذکر ] ۔ کوتُر ۔ کُکِل ۔ فاختہٕ ۔

**حمام ع۲** [ت ۔ حَم مام ۔ ع : حَم کہ ۔ مُذکر ] ۔ ۱ ۔ سٕران کرٕنچ جاے ۔ سٕرانہٕ کُٹھ ، غوسل خانہٕ ۔ حمام ۔ ۲ ۔ وُشنہٕ پانٕنیک سٕران ۔

**حمام کرنا** ۔ گرٕم پانہٕ سٕران کرُن ، حُمام کرُن ۔ سٕران کرُن ، غوسل کرُن ۔ حوض کرُن ۔

**حمام کی لنگی** ۔ (مُونث) ۔ حمامُک تہہ بند ۔ (ورگہ) سُہ چیز یُس پرٕتھ وِزِ کانٕہہ ورتاوِ ، پرٕتھ اَکِس مۆہیا آسہٕ ۔

**حمام میں سب ننگے** ۔ سارٕے چھِۓ کُنی وُنی گاٗمژ ۔ ساری چھِ داغدار یا عاٗیہٕ لد ۔

**حمامی** ۔ [ ف ۔ مُذکر ] ۔ حمامُک ناکھ ۔ حمام چلاوُن وول ۔ سٕران کرناوُن وول ۔ حمامی ۔

**حمایت** ۔ [ ت ۔ حِمایَت ۔ ف ۔ ع : حمایۃ ۔ مُونث ] ۔ ۱ ۔ حِمایتھ ۔ پاسداری ۔ پۆکھ (کرُن) ۔ ڈۆکھ ۔ طرفداری ۔ مَدد ۔ ۲ ۔ رٹچھ ۔ حفاظتھ ۔

**حمایت کا ٹٹو** ۔ (کانٕسہٕ ہُندٕ) پٕلو ، یُس بیٚیَس سٕندِس پتھٕ نژان آسہٕ ۔

**حمایت کرنا** ۔ پۆکھ کرُن ، طرفداری کرٕنی ، مَدد کرُن ، حمایتھ کرٕنی ۔

**حمایت کی گھوڑی** ۔ (مُونث) ۔ یُس بیٚیَس سٕندِس وُننٕس پیٹھ پان مارِ ، بیٚین سیٚتی لڑایہ کرِ ۔

**حمایت لینا** ۔ طرفداری کرٕنی ، پکھ رٹٕنی ۔

**حمایتی** ۔ طرفدار ، پکھ رٹن وول ۔ حمایتھ کرُن وول ۔ مَددگار ۔ حمایتی ۔ ڈۆکھ یا پیٹھ کرُن وول ۔

:- لۆکہ کتھ :-

**حمایتی کی گھوڑی عراقی کے لات مارتی ہے یا مارے** ۔ ۱ ۔ پتھٕ سیٚتی چھُ حوصلہٕ بڑان ۔ یُس کانٕسہٕ ہنٛز رٹچھ آسہٕ رٕکنی تنبلہٕ آسہٕ ٹلان ۔ ۲ ۔ بڈس مۆہنوس سیٚتی رِشتہٕ آسنُک پھٕٹہٕ پھٕٹہٕ آسُن ۔

**حمائل** ۔ [ت ۔ حما اِل (ئل) ۔ ع : حمالۃ ۔ حمل کہ ۔ مُونث ] ۔ ۱ ۔ رٕنٛدکھ بیٚتر دیِس تلوار بیٚتر پکناونہٕ باپتھ پھینکہٕ بیٚیٹھ دولہٕ چھِ ترٛاوان ۔ ۲ ۔ لۆکُٹ سایزُک قُرآنِ شریف یُس نالی چھِ ترٛاوان ۔ حمایل شریف ۔ ۳ ۔ زنانن ہُند ہٕٹس ترٛاوُنک اَکھ زیور ، اَتھ چھِ روہ بیٚہ سٕنٛز رۄپیہ یا پونڈ لاگان ۔ ہٕٹنیک وُس ۔ پونڈ مال ۔ ۴ ۔ نالۆ ، گردنہٕ اَنٛدی اَنٛدی ۔ (نٕز بیٚتر ترٛاوُن وِزِ "ہونا ، کرنا" پتہٕ اَنتھ وَنان) ۔

**حمائل کرنا** ۔ گردنہٕ نٕز الانٛز ترٛاونہٕ ۔ گلو ملوتھ (کانٕسہٕ) نٕز گردنہٕ الانٛز ترٛاونہٕ) ۔

حمد۔ [ت۔ حَمد۔ ع۔ مؤنث]۔ خوداین سُندی گُون یا تاریف۔ خوداین سِند تھزر کی تہ بجرکی تاریف، حمد، ثنا۔

حمد کرنا۔ خوداین سِندی تاریف کرنی، گُون تہ وصف پرنی۔ دَین سُند بجر تھزر بیان کرُن۔

حمر۔ حمرا۔ [ت۔ حُمر۔ ع]۔ وۄزُل۔ وۄزلِ رنگُک۔ "احمر" لفظُک جمع۔

حُمرت۔ [ع۔ مؤنث]۔ وۄزجار۔

حُمرتِ مَشرقیہ۔ [ف۔ مذکر]۔ سُہ وۄزجار یُس آفتابہ لوسن وِز آسمانس کِنتھ کالس روزان چھُ۔ شفق۔

حمق۔ [ت۔ حُمق/ حُمُق۔ ع۔ مذکر]۔ احمقازی۔ نادانی۔ بےوقوفی۔ چارِ گی۔ نرکھت۔

حمل۔ [ت۔ حَمل۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ زنانہ ہُند بُرزِ یا گوبہ کھور روزُن۔ شکم دار روزُن۔ [illegible] روزُن۔ ۲۔ بوٗر۔ بار۔ گوبر۔ ۳۔ باہو بُرجو منز اکھ بُرج (یہ چھُ "دُمبہ" سِنز شکلِ آسان)۔ ۴۔ میوٗ۔ پھل۔

حمل رہنا۔ (زنانہ ہُند) بُرز روزُن، گوبہ کھور روزُن۔ (زنانہ) شُر لگُن۔

حمل ساقط کرنا۔ اڈلیٹوک کرناوُن، ناٹھ پتاو کرناوُن۔ چھوٹہ کرناوُن۔

حمل ساقط ہونا۔ اڈلیٹوک گژھُن، چھاپن گژھُن۔

حمل سے ہونا۔ بُرز آسُن، گوبہ کھور آسُن۔

حمل کا گرنا۔ اڈلیٹوک گژھُن، شرین درُن (ڈلوٗر وقتس)۔

حمل کرنا۔ بور تھوُن، لدُن، بار لدُن۔

حملہ۔ [ت۔ حَم لہ۔ ف۔ ع: حملۃ۔ مذکر]۔ ۱۔ حملہ۔ حلہ۔ کانسہ یا کُنہ پیٹھ یکوٹہ وُتھُن۔ ۲۔ ٹاس۔ ژُنڈ۔ دَب۔

حملہ آور۔ (مذکر)۔ حملہ کرن وول۔ حملہ آور۔ حلہ کرن وول۔

حملہ بول دینا۔ کُنے حلہ کرُن، کُنے حملہ کرُن۔

حملہ روکنا۔ حملہ رُکاوُن، ٹاس، دَب یا ژُنڈ تہ (پانس یا بیٚیس) پیٹھ نہ دِنی۔

حملہ سنبھالنا۔ حملہ روکُن۔ حملہ نہ کامیاب سپدنہ دِیُن۔

حملہ ور۔ حملہ کرن وول۔ حملہ آور۔

حمیت۔ [ت حمی یت۔ ف۔ ع: حمیۃ۔ مؤنث]۔ غارتھ۔ ننگ۔ لز۔

حمید۔ [ت۔ حمید۔ ع۔ مذکر]۔ رُت۔ جان۔ زبر۔ یہ یا یہ کینژھا جان یا زبر ماننہ یوان آسہ یا ماننہ آسہ آمُت۔ بُھتہ تاریف کرنہ یِن یا آمتی آسُن۔

حمیدہ۔ [ت۔ حمیدہ۔ ف۔ ع: حمیدۃ۔ مؤنث]۔

یتھ ناریف آسن سرکرنہ آمژ، رُنہ جلان، زہر۔

**حمیم۔** [ت۔ حمیم۔ ع۔] ۱۔ وُشُن۔ گرم توت۔ ۲۔ (مذکر) ہیتھر، یار، دوس، اتھگ آشناو، رشتہ دار۔

**حنا۔** [ت۔ حِنا۔ حِنا۔ ف۔ ع: حنا۔ مؤنث]۔ مانز۔

**حنابند۔** [ف۔ مذکر]۔ ۱۔ اُسہ بُرز یا وَرق یتھ منز مانز وٹھتھ چھ تھوان۔ پوری بیتر یتھ منز مانز آسہ۔ ۲۔ مانز لاگتھ رنتھ پیچر، رٹلہ بیتر تہ چھ "حنابند" ونان یوسہ مانز اتھن بیتر لاگنہ پتہ پیٹھ گنڑان آسی یتھ نہ مانز باقی پلون خراب کرِ۔

**حنابندی۔** [ف۔ مؤنث]۔ (مسلمانن منز) مانز لاگنک رسم یُس یینہ والہ برونہہ اکھ دوہ آسان چھ۔ مانز لاگنی۔ مانزِ راتھ۔

**حنا کا چور۔** اتھچ سو خالی جایہ یتھ شہ مانز لجمژ آسہ۔

**حنائی۔** (ف۔ مؤنث)، مانزِ ہند یا مانز رنگہ۔ مانز دار۔ مانز لاگتھ۔

**حنائی کاغذ۔** اکھ قسمک کاغذ یُس ہلکہ مانزِ رنگہ آسان چھ۔

**حنجر۔** [ت۔ حنجر۔ ع۔ مذکر]۔ ہوٹ۔ ہشیر۔ گگ۔ ہر گو گل۔

**حنجرہ۔** [ف۔ ع: حنجرۃ۔ مذکر]۔ وچھو "حنجر"۔

**حنظل۔** [ت۔ حنظل۔ ع: حنظل کہ۔ مذکر]۔ اکھ قسمک ٹیوٹھ میوہ۔ "اندرائن کا پھل" تہ ونان۔ ٹھیٹھ وانگن، ہوٗ ہند ونیتھ۔

**حنوط۔** [ت۔ حنوط۔ ع۔ مذکر]۔ کینژن مُشکدار چیزن ہُند رَل یُس مورُدس چھ ملان۔ زُنانن کوفور بیتر یُس مورُدس سٹران دِتھ سُتھان چھ۔

**حوا۔** [ت۔ حوا۔ ع: جیوکہ۔ مؤنث]۔ ۱۔ حضرت حوا۔ بابہ آدم ہنز آشنی سارنی انسانن ہنز موج۔ ۲۔ رکڑ ہی تہ ویٹھی وُٹھ کرتھ زنانہ، کرِہی کِٹ کال ہش زنانہ۔ شرین کھوژناوِنہ باپتھ تہ چھ "حوا" ونان۔

**حواجب۔** [ت۔ حواجب۔ ع۔ مذکر]۔ "حاجب" لفظک جمع۔ وچھو "حاجب"۔

**حوادث۔** [ت۔ حوادث۔ ع۔ مذکر]۔ "حادثہ" لفظک جمع۔ وچھو "حادثہ"۔

**حوادثات۔** (مذکر)۔ "حوادث" لفظک جمع۔

**حواری۔** [ت۔ حواری۔ ع: حورکہ۔ مذکر]۔ ۱۔ اُسہ یُس سفید نرم آسہ۔ دوب۔ منڈن گور۔ ۲۔ حضرت محمدؐ تہ حضرت عیسیٰؑ سندی مانن والی، یارو اصحابہ۔ ۳۔ (دوگہ پاٹھی) یار جانی۔ پوز دوس۔ مددگار۔

**حواس۔** [ت۔ حواس۔ ع۔ مذکر]۔ حِس۔ حواس

ہوش۔ عقل۔ "حاسہ" لفظُک جمع۔

**حواس اُڑنا۔** وہسرُن، حبسوڈُلُن، ہوشی نہٕ روزُن، حواس باختہٕ گژھُن۔

**حواس اُڑنچھو ہونا۔** وہسرُن، حبسوڈُلُن۔ اَسہر وہسر گژھنی۔ ہِکو نہٕ ہٕکی گژھُن۔

**حواس باختہ۔** (ع۔ ف)۔ حبسہٕ وہسر ئوٗمُت۔ حبسوڈوٗلمُت۔ ہکی نہٕ ہٕکی۔

**حواس پرّان۔** بے ہوش، حبسوڈوٗلمُت۔

**حواس پرصدقہ دینا۔** عقلہٕ کٲم ہیٚنی۔

**حواس پکڑ یا پکڑو۔** حبسن مَنٛز یر۔ حبس کر۔

**حواس پیشترے ہونا۔** ہوشی زن نہٕ آسنی۔ کُنِھتھے نہٕ فِکرِ تُرنی۔

**حواس ٹھکانے نہ ہونا۔** حواس باختہٕ آسُن۔ مغز ڈلِتھ آسنی۔

**حواس جاتے رہے۔** مغزے روٗدِس نہٕ، حبس ہوشی روٗدُس نہٕ۔

**حواس جانا۔** حبس نہٕ روزُن، ہوش نہٕ روزُن۔

**حواسِ خمسہ۔** پانژھ حبس (ظاہری)۔ پانژھ اِنٛدرِ ے۔

**حواس درست ہونا۔** حبس ہوش (بجا) آسنی، حبسو آسُن۔

**حواس سدھارنا۔** حبسوڈُلُن۔

**حواس فقرہ ہونا۔** بانبرُن، گابرُن، پریشانی کنہ نہٕ حبس ہوش روزنی۔

**حواس کھو جانا۔** حبس ہوش راوٕنی۔ ہوشی نہٕ روزنی۔

**حواس کھو دینا۔** حواس نہٕ روزنی، حبس ہوش راوٕنی، حبسہٕ وہسرُن۔

**حواس گم ہونا۔** حواس باختہٕ گژھُن۔ حبس ہوشی نہٕ روزُن۔

**حواس مختل کرنا۔** حواس باختہٕ کرُن۔ مغز ڈالنی۔

**حواس میں ہونا۔ حواسوں میں ہونا۔** حبسن منٛز آسُن۔ حبسو آسُن۔

**حواشی۔** [ت۔ حواشی۔ ع۔ مذکر]۔ "حاشیہ" لفظُک جمع۔ وُچھو "حاشیہ"۔

**حواصل۔** [ت۔ حواصِلُ۔ ع۔ مذکر]۔ ۱۔ "حوصلہ" لفظُک جمع۔ ۲۔ اکھ آبی جانا وار یُس بوس بوٚڈ تہٕ نبر درامُت آسان چھُ۔ ۳۔ یڈل، یُس پرِنتھ (اَلاے بلاے) کھیٚیہ اَتھ ماز یَس منٛز چھُ اَمیُک "تلفظ" حوٲصِل۔

**حوالات۔** [ت۔ حوالاتُ۔ ع۔ جمع "حوالۃ" مؤنث]۔ ۱۔ حوالاتھ۔ سُہ جاے یتہٕ مُلزِم مُقدمہٕ کِس تحقیقاتُس تام نظربنٛد تھوٚو نہٕ چھُ یوان۔ ۲۔ نظر بنٛد۔ قٲد۔ بنٛد۔

**حوالات دینا۔** وُچھو "حوالات کرنا"۔

**حوالات کرنا۔** حوالاتھ لدُن، قٲد کرُن۔

**حوالہ۔** [ت۔ حوالہ۔ ف۔ ع: حوالۃ۔ حول کہ۔ مذکر]۔

۱. (کانسہ) اتھ، سپرد۔ حوالہ ۲. پے پتاہ نیب، ٹھوپتاہ۔ مثال۔ ۳. (حیلہ کے ساتھ) حلہٕ زلہٕ۔ حیلہٕ ہیتھ۔ ٹال مٹول۔

**حوالۂ قلم کرنا۔** لیکھُن، تحریر کرُن۔

**حوالی۔** [ت۔ حُوالی۔ ف۔ ع: حوالا۔ حول ر۔ مُذکر] مُطابق پلاٹس (مؤنث)۔ اندۍ پکھ دُچھنی کھووری۔ آس پاس۔ (کُنہ شہرُک بیتر) اندۍ پکھ علاقہٕ، سرحد بیترٕ۔

**حوالی شہر۔** شہرُک بنہٕ، عار۔

**حوالی موالی۔** حُوالی موالی۔

**حوائج۔** [ت۔ حوائج (ج)۔ ع۔ مُذکر۔] "حاجت" لفظُک جمع۔ وچھو "حاجت"۔

**حوائج ضروری۔** ضروری حاجتھ۔ یہ چھ عمومن زلہٕ مٔلہٕ باپتھ ونان۔

**حوت۔** [ت۔ حوت۔ ع۔ مؤنث] ۱. (بڈ) گاڈ ۲. (مُذکر) آسمانُک بُہیم بُرج یا گرٕ، مین۔

**حور۔** [ت۔ حوُر۔ ع۔ مؤنث] ۱. حوُر۔ رتمہٕ حسین آسمانی زنانہٕ یِم نیکوکارن جنتس منز بخشنہٕ یِن۔ ۲. (کرگرٕ پانٹھی) شکلہٕ سوندر، پری ہش زنانہٕ۔

**حوُر العین۔** حوُرِ علین۔ پرنیٕ سیاہ مس تہٕ بجہٕ اچھ گرٕہ زنانہٕ۔ زنانہٕ یوس پرنیٕ آسہٕ۔ یُس سیاہ مس تہٕ بجہٕ اچھ آسن۔

**حوراء** [ع۔ مؤنث]۔ "حور" لفظُک واحد۔

**حور کا بچہ۔** سیٹھاہ خوبصورتھ، شکلہٕ سوندر۔ پری زاد۔

**حور لقا۔** سیٹھا سوندر، شکلہٕ حسین (زنانہٕ)

-: لُکہٕ کتھ :-

**حور بھی سوکن کو ڈائن سے بُری۔** سونٹھ چھے حور تہٕ آسہٕ تو تہ گیہہ ڈاٹھ۔ یہ چھنے زنانہٕ ہنزِ ہمے موقس پیٹھ ونان۔

**حوصلہ۔** [ت۔ حَوصلہ۔ ف۔ ع: حوصلۃ۔ حصل کہ مُذکر] ۱. بوس (جانا وارٕ سُند) ۲. حوصلہٕ، دٔنتر، جرأتھ، ہمتھ۔ مجال۔ ۳. ارمان۔ ہوس، شر بیترٕ۔

**حوصلہ اُڑ کے ہونا۔** کانسہ ہنز کھوتہٕ زور حوصلہٕ آسُن۔

**حوصلہ بڑھنا۔** جرأتھ ہرُن، حوصلہٕ بڈُن، ہمتھ ہُرُن۔

**حوصلۂ پریشانی۔** (مؤنث)۔ بے فائدہ یا بے کار کوشش۔ تمہ کوششہٕ یوس ہیتھ تہٕ کینہہ نیر، حاصل پیہ۔

**حوصلہ پڑنا۔** حوصلہٕ گژھُن، ہمتھ گژھنی، جرأتھ گژھُن (کینہہ کرُنس)۔

**حوصلہ پست کرنا۔** حوصلہٕ پھٹرُن، پس ہمتھ کرُن۔

**حوصلہ پورا ہونا۔** شر نیرُن، ارمان پوٗرٕ سپدُن۔

حوصلہ تنگ ہونا۔ حوصلہٕ کم گژھن یا آسُن۔
پَس ہِمتھ سپُدن۔ ہِمتھ نہٕ روزٕنۍ۔
کوٗٹھۍ نہٕ ڈرٕنۍ۔ راتہٕ نہٕ ڈرنہٕ۔

حوصلہ ٹھنڈا ہونا۔ ہِمتھ نہٕ روزٕنۍ، سو تورٕتھ
نہٕ روزٕنۍ۔ تمہٕ پتہٕ نہٕ روزنہٕ۔ پَس ہِمتھ گژھن۔

حوصلہ جاتا رہنا۔ پتر پھٹنہٕ، سہ حوصلہٕ نہٕ روزُن۔

حوصلہ رکھنا۔ کانہہ کام کرنُک حوصلہٕ آسُن، ہِتر
یا باہہٕ آسُن۔

حوصلہ (حوصلے) سے باہر۔ پننہٕ ہِتر نیبر۔ یُتا
باہٕ آسہِ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ۔ یُتا گرتھ ہیکہِ نہٕ
تمہِ کھوتہٕ زیادٕ۔

حوصلہ کرنا۔ ہِمتھ کرٕنۍ، دِل کرُن، جورٕتُس
کام ہیٚنۍ۔

حوصلہ نکالنا۔ ارمان پوٗرٕ کرُن۔ شَر کڈُن۔
ہوَس پوٗرٕ کرُن۔ بڈٕ ہِمتھ کرٕنۍ۔ سبٹھا
خرچ کرُن۔

حوض۔ [ت۔ حَوض۔ ع۔ مُذکر]۔ ۱۔ حوض۔ نالاو۔
۲۔ حاشیس اَنار عبارتھ۔ حاشیس
انہٕ رٕ جاے۔

حوض بھرے فوّارہ چھوٹے۔ بیلی آمدنی آسہٕ
تیلی گژھہ خرچ تہٕ۔ کینہہ لوکھ چھہ "حوض بھرے
تو فوارہ چھوٹے" ونان۔

حوضہ۔ [ت۔ حَوضَہ۔ ف۔ مُذکر]۔ پالکی۔ ڈولی
دیتھ منٛز ہُسرتس پیٹھ سواری چھہ کران (امباری

حوالدار۔ [ت۔ حَوَل دار۔ ف۔ مُذکر]۔ افسریس
ماتحت کینہہ سپاہہ آسن۔ حوالدار تھاندارس
ڈُستھ پلہٕ افسر۔

حوَنق۔ [ت۔ حَوَن نَق۔ مُذکر]۔ احمق، چور،
بےوقوف، دُل۔

حویلی۔ [ت۔ حَوے لی۔ مؤنث]۔ (اُڈٕ) لُر۔ مندور۔
عالی شان مکانہٕ۔ حویلی۔

حیّ۔ [ت۔ حَیّے۔ ع۔ مُذکر]۔ زِندہ۔ یُس
زُو آسہِ۔ خُدایہٕ سُنٛد اکھ صفتھ۔

حیاء۔ [ت۔ حَیا۔ ع۔ مؤنث]۔ حیا۔ شرم۔ لز۔
منٛدچھ۔ لحاظہٕ۔ غیرتھ۔

حیا اُٹھ جانا۔ غیرتھ نہٕ روزُن، شرم یا
منٛدچھ نہٕ روزٕنۍ۔

حیا آنا۔ شرم ہیٚنۍ، لاج ہیٚنۍ، منٛدچھُن۔

حیا آنکھوں سے دھو ڈالنا۔ اَچھن منٛز نہٕ
آب روزُن۔ منٛدچھ بُرتھ کھیٚنۍ، گُنتُرٕتھ
کھیٚنۍ۔

حیا دار۔ حیابند۔ منٛدچھ وول۔ غیرتہٕ وول۔
یُس اچھن منٛز لحاظہٕ آسہِ۔

حیات۔ [ت۔ حَیات۔ ع۔ مؤنث]۔ زندگی۔
عُمر (وُہر) واٹس۔ زُو۔ جان۔ حیات۔

حیاتِ مستعار۔ وہ زُم زندگی۔ ناپائدار تہٕ
فانی زندگی۔

حیثیت۔ [ت۔ حَے ثی یَت۔ ف۔ ع؛ حیثیۃ، حیث کہ۔

مۆنث ]۔ ۱۔ طور طرز۔ طریقہ۔ ۲۔ حیثیتھ، درجہ، حقیقتھ۔ بِتُر۔ لیاقتھ۔ راستیاد۔ بساط، مقدوٗر۔ ۳۔ دولتھ۔ جاداد۔ وغیرٕ۔

**حیثیت بگڑنا۔** سو تیٖہ نہٕ روزٕنی، پتھم ہِش شان شوکت نہٕ روزٕنی، سو حیثیتھ نہٕ روزٕنی۔ مالی حالاتھ خراب گژھنی۔ صوٗرتھ نہٕ روزٕنی۔

**حیثیت سے بڑھ کر۔** پننہٕ بِتر یا مقدوٗرٕ نِشبر۔

**حیثیت عرفی۔** پرتیٖتھ۔ پژھ ساکھ۔ ظاہری پزتھ۔ اعتبار۔

**حیثیت مٹانا۔** پان گالُن۔ پانس فان کرُن۔

**حیدر۔** [ت۔ حئے در۔ ع: حدرکہ۔ مذکر]۔ سُہہ۔ حضرت علیؓ سُند لقب۔

**حیران۔** [ت۔ حئے ران۔ ع: حیوکہ]۔ ۱۔ حاران۔ ہکہ نہٕ ہکو۔ روزِتھ گومُت۔ پریشان۔ روومُت ہیئوٗہ۔ ۲۔ (اشارٕ پاٹھی) تصویرِک عکس (دانس منز)۔ یہ چھ امہ موکھہ دنان تکیازِ عکس چھُ بے حرکتھ آسان۔

**حیران ہو کے دیکھنا۔** (حارانی کِنی) توجہ کرٕ کرٕ وُچھُن۔ ششدر ہیئوٗہ گژھُن۔

**حیرانی۔** [ف۔ مؤنث]۔ حارتھ، حارانی۔ تاجب۔ پریشانی۔

**حیرت۔** [ت۔ حئے رت۔ ع: حیرۃ۔ حیوکہ۔ مؤنث ]۔ حارتھ۔ تاجب۔ حارانی۔ ترٛتھ حالتھ یتھ منز انسان ہیٚے بُنگہ گژھتھ تہٕ پدٕ تٕر بھورلِس نہٕ۔

**حیرت افزا۔** یہ حارانی بڑراو۔ کنہٕ کنہٕ چھ "الف" روس "حیرت فزا" تہٕ ونان۔

**حیرت چھانا۔** سخ حارانی گژھنی، ہکہ نہٕ ہکو گژھُن۔

**حیرت زدہ۔** ہکہ نہٕ ہکو۔ حاران تہٕ پریشان۔ روومُت۔ حارتھ زدٕ۔

**حیرت سے۔** حارٕنہٕ سان۔

**حیرت میں آجانا۔** ہیٚے بُنگہٕ گژھُن۔ حاران گژھُن، ہکہ نہٕ ہکو گژھُن۔

**حیرتی۔** حاران۔ ہکہ نہٕ ہکو۔ مست۔ بو ڈتھ گومُت، محو (کنہٕ منز)، روومُت۔ روزِتھ ہیئوٗہ گومُت۔

**حیز۔** [ت۔ حے یز۔ ع: حوزکہ۔ مذکر]۔ علاقہٕ، وٕتھ، زمین کُھکر بیتر یُس کنہٕ تکالس بیتر سیتی آسہ۔ آنگن۔ احاطہ۔

**حیص بیص۔** [ت۔ حیص بیص۔ ف۔ ع: حیص]۔ بیراہ ہونا، بیص و سختی، تنگی۔ مؤنث]۔ بحث بحثی۔ تکرار۔ واد واد۔

**حیض۔** [ت۔ حیض۔ ع۔ مؤنث]۔ حائض۔ سُہ غلیظ خوٗن بیتر یُس زنانن بالغ گژھتھ پرتھ ریتہ وارٕ پاٹھی لیان چھُ۔ زنانہٕ رنگ ماہواری۔

**حیض سے پاک ہونا۔** زنانہٕ ژھنگکر دِوہ موکلنی، ماہوارٕی ختم گژھنی۔

**حیض کا لتہ۔** ۱۔ سُہ پلو بیتر یُس زنانہٕ ماہوارٕی (خوٗن بیتر) صاف کرتھ تراوتھ چھیپٕے ژھنان۔ حائضہٕ پلو۔ ۲۔ (دوٗرگہ پاٹھی) کم پایہٕ انسان یُس نہٕ کانہہ تہٕ پانس نش بیہنہٕ دیئہِ۔

**حیض کی گدّی۔** سُہ پلو بیتر بیہمہ سیتی زنانہٕ ماہوارٕی ہُند خوٗن بیتر وو تھران گران چھیپٕے۔ حائضہٕ پلو۔

**حیضی۔** [ف۔ مُذکر] ۔ ۱۔ حراُمک، حرام کُٹھ۔ حرام زادٕ۔ ۲۔ بدماش، کمینہٕ، لُچہ بیتر۔

**حیضی بچہ۔** حرامُک، حرام زود۔

**حیضی نطفہ۔** ۱۔ یُس ماہوارٕی یا حائضہٕ کین دوٚہن منٛز ڈمب لوگمُت آسہِ۔ ۲۔ (دوٗرگہ پاٹھی) بدماش، کمینہٕ، لُچہ لفنگہٕ بیتر۔ کینہہ لوکھ چھہ "نطفۂ حیض" تہٕ وَنان۔

**حیف۔** [ت۔ حَیف۔ ع۔ مُذکر] ۔ افسوس، ہائے۔

**حیف صد حیف۔** سیٹھا افسوس، ہائے، ییٚر چھ تمہِ وِزِ وَنان ییٚلہِ کُنہِ یاکانسہِ پیٹھ سیٹھا افسوسُک اظہار کرُن آسہِ۔

**حیف کھانا۔** (کُنہِ یا کانسہِ پیٹھ) افسوس کرُن۔

م: سرشک محبت بہانے لگی
اسس احوال پر حیف کھانے لگی
(میر حسن)

**حیف کی جا ہے۔** افسوسُک مقام چھہ۔ اَتھ جایہِ چھہٕ افسوس کرُن۔ ییٚر چھ ہائے۔ افسوس لایق چھہ۔

**حیف ہے۔** افسوس چھہ، ہائے چھہ (ییٚر چھہ کُنہِ یاکانسہِ پیٹھ بیزاری باوٕنہٕ یا کانسہِ غارتھ اَنہٕ موکھ وَنان)۔

**حیل۔** [ت۔ حِیَل۔ ع۔ مُذکر] ۔ "حیلہ" لفظُک جمع۔ ہیتھ۔ بہانہٕ۔ حیلہٕ۔ ژھوٗرٕ "حیل" چھُنہٕ اُردوہس منٛز ورتاونہٕ یوان۔ ٹلہِ کہِ چھہ مثالہِ پاٹھی ییتھ کٔنی ورتاونہٕ یوان" بلطایف الحیل"۔

**حیل و حجت کرنا۔** ہیتھ تہٕ بہانہٕ کرُن۔ جانگہر کرُن۔

**حیلہ۔** [ت۔ حی لہ۔ ف۔ ع : حیلة۔ مُذکر] ۔ ہیتھ۔ بہانہٕ۔ حیلہٕ۔ فند۔ فریب۔ دوکھ۔ ژھل۔

**حیلہ باز۔** حیلہٕ باز۔ دوکھ باز۔ فند باز۔ چالباز۔ دغاباز۔ مکار۔

**حیلہ بازی۔** (مؤنث)۔ حیلہٕ بازی۔ فندبازی۔ چالبازی۔ مکارٕ۔ دغا بازی۔ "حیلے بازی" تہٕ چھ وَننہٕ یوان۔

**حیلہ حوالہ۔** حیلہٕ زِلہٕ۔ حیلہٕ بہانہٕ۔ ٹال مٹول۔

**حیلہ حوالہ کرنا۔** حیلہٕ بہانہٕ کرٕنی، اَکھ ہتھ بیاکھ ہتھ ہیٚنٛون۔ ٹال مٹول کرٕن۔ ژھنگہٕ فند کرٕنی۔

**حیلہ ساز۔** وِچھِو "حیلہ باز"

**حیلہ کرنا۔** بہانہٕ کرُن۔ اَکھ بِیاکھ ہتھ کرُن۔

**حیلہ گر۔** وِچھِو "حیلہ باز"۔

**حیلے گڑھنا۔** ہیتھ تہٕ بہانہٕ ژھانڈنی۔

:- لوٗکہٕ کتھ :-

**حیلہ جو را بہانہ بسیار۔** سٲم کرنس نِ غرض آسہٕ کانٛتیا بہانہٕ چھِ نیران۔ مُ:

حیلہٕ گرو بہانہٕ بسیار

**حیلے رزق بہانے موت۔** ژو چرِ ہنٛد (رزقُک) تہٕ موٗتک چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بہانہٕ سپدان۔ ژوٗٹ چھپے کنہٕ نتہٕ کنہٕ ہتہٕ بنان تہٕ موت تہٕ چھُ کنہٕ نتہٕ کنہٕ بہانہٕ یوان۔ یہٕ چھِ تمہٕ وِزِ وَنان ییلہٕ کانٛسہٕ موٗلی کوشِشہٕ سیٖتی روزگار بنہٕ یا موٗلی بیمارِ سیٖتی کانٛہہ مرِ۔

**حین۔** [ت۔ حِین ۔ع۔ مُذکر]۔ وَقت۔ زمانہٕ۔ سمے، کال۔

**حین حیات۔** وٲنس۔ زِندگی۔ وٲنسہٕ سارِس ہِے وٲنسہٕ۔ زِندٕ زوٗہ۔ زِندٕ پانہٕ۔ مم: انھوں نے اپنے حینِ حیات میں تمام جائیداد کا انتظام اپنے لڑکے کے سپرد کر دیا۔

**حیوان۔** [ت۔ حَیوان۔ ع۔ مُذکر] ۱۔ جاندار۔ یُس زُو آسہِ، روٗح آسہٕ۔ حیوان۔ جانوٗر۔ پوٗش۔ ۲۔ نادان۔ بے وقوٗف۔ چوٗر۔ وُل۔ حیوان۔

**حیوان مُطلق۔** [ف۔ مُذکر]۔ سرُو ژِٹھ حیوان، پوٗش۔ ڈرِنٛد۔ چار ووے۔ (دوٗرگہٕ پانٛٹھی) بے بوٗش۔ یُس نہٕ کانٛہہ سُلیقہٕ آسہِ، گاڈٕ آسہِ۔

**حیوانِ ناطق۔** [ف۔ مُذکر]۔ کتھ کرُن حیوان (پوٗش)۔ آدم۔ اِنسان۔

**حیوانی۔** ۱۔ حیوانی۔ حیوانُن مُتلق ۲۔ نفسانی۔ شہوتی۔

**حیوانیت۔** [ت۔ حَیوانِیَت۔ ف۔ ع: حیوانیتہ۔ موٗنث]۔ حیوانی ہیتھ پیٹھ گژھن گی۔ بے حیاہی۔ بے شرمی۔ بے وقوفی۔ بے باشگی۔

# خ

**خ۔** [ت۔ خَے۔ کاشرِ پانٛژھ چھِس ژوٗپان "خے"]۔ عربی بُہنگ شِتیٖنم، فارسیک نُوٗیم، اُردوٗک ڈہیم تہٕ کاشرِ ہیجلاتک ژوداہیم اچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَمیک موٗل ۶۰۰۔

**خاتم۔** [ت۔ خاتِم۔ ع۔ ختم کہ۔ مُذکر]۔ ۱۔ (موٗنث) داج۔ موٗہرِ دار داج۔ ۲۔ موہ کلاوُن وول۔ اَنجامس وانہٕ ناوُن وول۔

اَنٛدَس واتنہٕ ناوُن وول ۔ ختم کَرُن وول ۔

**خاتم الانبیاءؑ** ۔ [ع ۔ مُذکر] ۔ سارِنے نٔبیَن ہِنٛز نبُوَتھ اَنٛد واتنہٕ ناوُن یا ختم کَرُن وول ۔ آخری یا پتیُم پَیغمبر ۔ پَیغمبر یُس پَتہٕ نہٕ بیاکھ کانٛہہ یِیہ ۔ آنحضرتؐ ۔ حضرتِ محمدؐ ۔

**خاتم المرسلینؐ** ۔ [ع ۔ مُذکر] ۔ وُچھو "خاتم الانبیاءؑ" ۔

**خاتم بند** ۔ [مُذکر] ۔ مِستری ۔ واجِن کٔرِ ڈیٖنکھ یا موٚہر لاگَن وول ۔

**خاتم بندی** ۔ [مؤنث] ۔ دانٛتس ، وُڈنٕہ اَڈِی جِر ، یا ہیچہِ بِلہٕ گُل کاری کَرنٕچ کام ۔ واجِن بیتِر کرٕ اَنکھ (کٔرِ ڈیٖنکھ) یا موٚہر لاگنٕچ (جور ینٕچ) کام ۔

**خاتمِ سُلیمان** ۔ [ف] ۔ حضرتِ سُلیمان صاہبُنٛ واجِ یتھ اِسمِ اعظم لیکھتھ اوس تہٕ یمیُک موجوب سارے پادشاہی تس تابیا اُس ۔

**خاتم کار** ۔ (مُذکر) ۔ وُچھو "خاتم بند" ۔

**خاتم کاری** ۔ (مؤنث) وُچھو "خاتم بندی" ۔

**خاتمہ** ۔ [ت ۔ خاتمہٕ ۔ ف ۔ ع : خاتمہ ۔ مُذکر] ۔ ۱۔ خاتیمہٕ ۔ انجام ۔ اَنٛد ۔ ۲۔ پتیم گَرٕ ، آن ۔ موکھ ۔ ۳۔ کُنہِ کِتابہِ بیتِر پَتہٕ کِنٛج عبارتھ ۔ کِتابہِ ہُنٛد پتیُم حصہٕ ۔ کُنہِ چیزُک پتیُم ہِنٛ ۔

**خاتمہ بالخیر** ۔ ۱۔ وارِ پاٹھی ، انجام یا اَنٛد واتُن ۔

۲۔ مَرُن ۔ رِتی پاٹھی مَرُن ۔ پتہٕ مرہ آنہٕ باایمان پاٹھی مَرنُک دُعا ۔

**خاتمہ بالخیر ہونا** ۔ وارِ کارِ انجام واتُن ۔ اَنٛد واتُن ، اَنٛدُن ۔

**خاتمہ تک پہنچانا** ۔ اَنٛد واتنہٕ ناوُن ۔ انجامس واتنہٕ ناوُن ۔ موکلاوُن ۔

**خاتمہ ہونا** ۔ ۱۔ اَنٛد واتُن ۔ انجامس واتُن ۔ موکلُن ۔ اَنٛدُن ۔ ۲۔ مَرُن ۔ گُزرُن (ہمیشہ دُنی یاہ)

**خاتمے کا بند** ۔ ۱۔ سیٹھا بُتھ رُوِنے (یہ چھ ہَزلہِ پاٹھی وَنان) ۔ ۲۔ کُنہِ مَرثیُک آخری بند ۔

**خاتون** ۔ [ت ۔ خاتوٗن ۔ ف ۔ ترکی ۔ مؤنث] ۔ خوتوٗن ۔ ڈٔکھی جَل یا بَڈِن موٚہنیوٗ ہِنٛزَن زنانَن ہُنٛد لقب ۔ بیگم ۔ نواب زادٕ ۔ پادشاہ باے ۔ شہزادٕ ۔ یہ چھ زنانَن ہِنٛدین ناوَن پَتہٕ تہٕ رٕنہٕ تہٕ وَرتاونہٕ یوان ۔ رم : جمیلہ خاتون ۔ حبہ خاتون ۔

**خاتونِ جنّت** ۔ (مؤنث) ۔ سوٚرگٕچ حوٗر ۔ سوٚرگچ شہزادٕ ۔ سوٚرگچ خوتوٗن ۔ پیغمبر صاہبنٛ کوٗر ۔ حضرت فاطمہؓ ۔

**خاتونِ عرب** ۔ (مؤنث) ۔ ۱۔ حضرتِ فاطمہؓ ۔

**خادم** ۔ [ت ۔ خادِم ۔ ع ۔ خدمہ ۔ مُذکر] ۔ ۱۔ داس ۔ خدمتگار ۔ خدمت کَرُن وول ۔ خادِم ۔ ۲۔ مُجاوِر ۔ مُتوٚلی ۔

